# کأشُر شیوٕ مت

بدری ناتھ کلّا

کأشُر ڈِپارٹمنٹ، کشمیر یوٗنورسٹی، سرینگر



# کشمیر شیومت

بدری ناتھ کلا

کاشُر ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی سرینگر

# عرضِ ناشِر

کاشہ زبان تٲلیمہ ہُند ذٔریعہ بناونہٕ خاطرٕ گژھن بیٚیہِ وار یاہ کھو علاوٕ ۔ تِمہ زبانٕ منز ترجمہٕ عِلمی تہٕ اَدبی کتابہٕ دۄفور آسنہٕ یِموکِنہٕ تِمہ زبانٕ ہِندی مختلف نصأبی ضرورتھ پورٕ سپدِتھ ہیکن ۔ یہِ کتھ نظرِ تل تھاوِتھ چھُہ کشمیر یونیورسٹی ہِندی کاشُر ڈیپارٹمنٹ رنگہٕ عِلمی تہٕ اَدبی موضوعن پیٹھ کاشرِس منز بُنیادی کتابہٕ تیار کرناونُک اکھ سِلسلہ شۄرۄ کوٚرمُت ۔ دٔرِدِس کتاب کشمیر شبوعات چھےٚ اَمی سِلسلُک اکھ کوٚر ۔

یہِ کتاب چھِنہٕ ماہرن ہِندِ خاطرٕ بلکہ تِمن شوقہٕ والین ہِندِ خاطرٕ تیار کرنہٕ آمٕژ یِم اَمہٕ فلسفُک کم قلیلا زان پرٲوِنۍ یژھان آسن ۔

یہِ چھُنہٕ کانٛسہِ دعوا زِ یہِ کیا آسہٕ کوتاہیو نِشہٕ مبرا، مگر وۄمید چھےٚ زِ کُنہٕ حدس تام سپدِ کارآمد ثأبِتھ ۔

رحمان راہی

ناو : کشیٖر شیٖومت

مصنف : بدری ناتھ کلا

گوڈنیُک چھاپ : ۱۹۷۸ء

تیداد : پانٛژھ ہتھ

پریس : جے۔ کے آفسٹ پرنٹرس دہلی ۶

کاتب : غلام حسن

موٗل :

پبلشر :

کاشُر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، سری نگر

# ترتیب

یوٗن تہٕ بڑان سوٗچھے ڈیوٗٹھم
میلِتھ روُدُم شیرکھور تان
دیہہ یٔیلہ موٗٹھُم آدِکیاہ موٗٹھُم
نہ کُنہِ یوٗن نہ کُنہِ بڑان

لوٗب مارُن سہج ویٚتھارُن
دٔروگ زانُن کلپ ترٛاو
نشہِ چھُے تے دوٗر مو گارُن
شُنس شُنیا میلِتھ گو

تنتھر گلہِ تہٕ منتھر موٗژے
منتھر گوٚل تہٕ موٗژی ژھ
ژھیتھ گوٚل تہٕ کینہہ نا کُنے
شُنس شُنیا میلِتھ گوو

لل دید

## ترٛیوٚیم حصہٕ

**ترٛیُم حصہ**

وُنی کینس شنکرس وَنان تریِٚلتھری پتھ شرادنہٕ پینٛژم دوہ امیک درشن کرتھ اَتھ
پلُوناکران - اَمہ کٔڈ ویم سوٗترٕنٛز - یمَن پیٚٹھ کشمیرِ شیٖوِ مَتُچ بنیاد دٕرتھ چھے
شیٖوِ سوٗترٕ چھینہٕ صرف کشمیرِ شیٖو مَتکو بنیادی تصوُر پیش کران - بلکہ اَچھ عمل
تہٕ - اَمہ قسمک تصوُر چھہ آچاریہ بجھتہٕ کلٹن (نوٗمہ صدی ہنٛد) تہٕ سوٗمانٛدن
(وسُگپتُن 850 - 900 A-D ہم عصر) دوٚن بٔڈین روٗپین منٛز
وِہرٕ ھنو وُمت - کلٹن کوٗر یہ مت مذہب کس روٗپس منٛز پیش تہٕ سوٗمانٛدن
کوٗر منطقی روٗپس منٛز پیش تہٕ ادویتہٕ (Monism) شیٖوِ فلسفس پرُتن کنہٕ
اُمو دیُت کشمیرِ شیٖو مَت کین الگ الگ ترٛین سوٗکولن زنم - مثلن آگم شاستر[1]
[2] سپنٛد شاستر[2] تہٕ پرتیہ بھجنیا شاستر[3] - یمَن ترٛیشوٕنی شاستٕرن چھہ اکہ وٕنہٕ
ہیلہ نادٕ بتھ نٕزکہ شاستر وَنان - یمَن ترٛین شاستٕرن منٛز چھے پرتہ بھجنیا فلسفس
اکھ خاص اہمیتھ - آگم شاسترس متلق چھہ وَنان زِ شاستر چھینہٕ انسانن
بنوومُت - امیک وجود چھہ سناتن یا ابدی مانہٕ یوان - وَننہٕ چھہ یوان زِ یہ
شاستر (آگم شاستر) اوس کیٚشرِ شس کالس گالکھ تش سیتی پیومُت - پتہٕ کوٗر یہ
شاستر شری کنٹھس یمس شیٖوِ شند اوتار چھہ مانہٕ یوان، شیٖوا گمن ہنٛد گیان
پھہلاونہٕ خاطرٕ بیٚیہ زِنٛدٕ -
راج ترنٛگنی ہنٛدِ حوالو مطابق چھہ اَسہ یہ نشان زِ شیٖو مَتک پرچار
اوس کشیرِ منٛز پرانہٕ وقتہٕ پیٚٹھے - یہ مت گو یہنٛدٕ کواجَن ہنٛزِ سرپرستی منٛز سیٹھا
مقبوٗل - وَقتہٕ وَقتہٕ ؤتی واریاہ فلسفیانہٕ مت نیبرِ پیٚٹھ یور یمو شیٖوِ فرقہ

---

[1] امیک بٔنی کار چھہ وسُگپُت مانہٕ یوان [2] امیک بٔنی کار چھہ بھٹ کلٹ
مانہٕ یوان [3] یہ سوٗکول اوٗن سوٗمانٛدن وجودس منٛز -

Trika

Sangama datta of Trambika — 8th century

(Agama Shastra)

Vasugupta — 9th century — discovered Shiva Sutras carved on Mahadeva stone

↓ disciple

Bhatta Kallata (as religion) — (Spanda Shastra)

↓ Shankar Pal

(Shravana Purnima)

# گوڈنیتھ

ہِندُستانٕکِس تہذیبس تہٕ تمدنس پوچھر دِنس منز یُس کٲشِر ہِندیو
سنسکرت عالِمو، گوُنہٕ ماٚنو مُصنفو، توٲریخ دانو، فلسفہٕ دانو بیترِ اہم رول
ادا کوٚرُمُت چھُ سُہ چھُ سیٹھاہ تعریفُک لایق۔ ییٚتہِ وٕکھتٕ ہِندُو عالم تہٕ فاضِل پنُن سنسکرت
اَدب پننیو تخلیقاتو سیتی مالامال کوٚر۔ حقیقتن آسن کٲشِر علمُک مرکز ماننہٕ
یِوان۔ اَمہِ کِنۍ آسہٕ اَتھ پیٹھ کالہٕ شارداپیٖٹھ seat of
Learning وَنان۔

کٲشِرِ ہِندو لِکھارؠو اَدبی لِحاظہٕ اَٹھمہِ صدی پؠٹھہٕ بٲہمہِ صدی تام
سیٹھاہ بلند۔ اَتھ سونہری زمانس منز وُچھی ہُند پایہِ شیوشاسترِک فلسفہٕ دان یمن
منز وَسُگُپت، آچاریہ سومانند، اُتپل دیو تہٕ ابھینوگُپت زیادٕ ہیٚنٛی لایق چھِ
یِمو دِتۍ اَکِس نوٚوس فلسفس زَنم یتھ کٲشِر شیو فلسفہٕ وَنان چھِ۔ دیان ترِمبکا
دیتیٚن نیٚچو سنگمادِتیَن کوٚر اَٹھمہِ صدی منز شیو فلسفُک پرچار تہٕ کوٚرُن مٹھکانا وُک
اَکھ سکوٗل قایم۔ یہِ سکوٗل پھٲلیو یِتہٕ زِ وٲری۔ سُو یوس منز چھِ وُنی کیٚنس تہٕ
اَمہِ خاطرٕ ہِندی واریاہ مسلمان بآے لَسہٕ بسہٕ یمن ترٛومبہِ وَنان چھِ۔ مطالعہ
کرنہٕ سیتی چھُ فِکرِ تران زِ کٲشرِ منز اوس نہٕ کانہہ خاص شیو فلسفہٕ سنگمادیتنہٕ برونہہ
بارسس آمُت۔ اَمہِ پتہٕ کوٚر وَسُگُپتن تہٕ اَمِی سِندی شیٚشہ بھٹ کلٹن نوی مہ
صدی منز اَمیُک یِتہٕ پرچار۔ وَنان چھِ وَسُگُپتن لُبۍ مہادیو پہاڑس پؠٹھ
اَکِس شِلہِ پیٹھ کھنتھ شیو سوتر۔ اَتھ شِلہِ چھِ

دُرِ وُ پاکشہ پنٛچاشِکا۔ یِم چھِ دۄشوے شیوٚ شٲستر

یہٕ فلسفہ بنیوو یتہِ سیٹھا مقبوٗل تہٕ اَمہِ فلسفُک اَثر پیوو سنسکرت عالمو عٔلماو یتہِ کیٚن گۄنہٕ ماتن مُصنفن، اَدیبن پیٚٹھ تہٕ وِزِ وِزِ۔ کاشُر ادبُک گوڈنیُک نۆمونہٕ چھُ شِتی کنٹھُن 'مہانے پرکاش' مانہٕ یوان۔ اَتھ تصنیفہِ منز چھُ اَمہِ شیوٕ فلسفُک ہاکار ژۄ لوکہٕ میلان۔ مثلن:

یشہ یشہ جننتس سمیوٚد لیس لیس
نیلہٕ پیتہٕ سۄکھہٕ دۄکھہٕ سروٗپ
دۄہ دیس دتہٕ سمانی سم رس
کم کمین تس تس انہٕ روٗپ (مہانے پرکاش) صفحہ نمبر ۴۸

پتہٕ یٲژھو چھُ لل دیٚد (ژوداہٕمہِ صدی ہِنز) ہندین واکھن منز تہٕ یہٕ فلسفہ لبنہٕ یوان۔ مثلن:

ابھیاس کنی ویکاس پھیوٚ لُم
سۄہ پرکاش زونُم یوٚہے دیہہ
پرکاش دھیانہٕ سۄکھہٕ یی دوٗرُم
سۄ کھیے بۄزُم کوٗرُم تی (لل دید) صفحہ نمبر ۲۳۵

نُند رٮ۪شنو (یُس چھُ لل دیدِ ہُند ہم عصر مانہٕ یوان) شرٛکو رۄد ہٕنہٕ اَمہِ فلسفکہِ عنصرٕ نِشہٕ مچھہ۔ وُچھو یہٕ شرُک:

سُے مےٚ نِشے بہٕ تَس نِشے
مےٚ تَس نِشے قرار آو
نِچقہٕ ژھونڈُم مےٚ پدہٕ لشے
پنٕنے دیشے مےٚ بانہٕ آو (نوٗر نامہ) صفحہ نمبر ۱۵۵

کینہہ پاروکارن منز سیٹھاہ سون تہ گوٚن اثر ترووُ۔ یہ بُہت کوٚر کشیرِ ہندیو لُکو قبل مسیح سیٹھاہ پتہٕ تہ پیٚتہ سپُد اشوک (B.C ۲۳۲ - ۲۷۳) سندِ وقتہ پیٹھہٕ اَمیُک پرچار زورن پیٹھ۔ پیٚتہ آیہ کنشکس سٕندِس دورس منز بُدھ مت کینہہ پاروکارن ہِشن اکھ بٔڈ بارہ مجلس بُلاونہٕ یمو ہینیانہ لُکو تہ جہایان تسلیم کوٚر۔ یوٚدوے کشیرِ منز بُدھ متُک پرچار وارِیاہ حدس تام تانی روُد۔ مگر تمہٕ گوٚو شیو متُک اثر کم کینہہ۔

گوڈٕ گوڈٕ روُد شیو فلسفہ پرن والین تہ پرناوُن والین تانی موٚحدوٗد مگر پیٚتہ ووٚراوۍ اَمہِ فلسفن زٕ ہہ پارہِ بکہ۔ یتھہِ مہ حدی پیٹھہٕ روُد پیٚتہ کینہہ کُن منز اَمیُک مطالعہ تہ تحقیق جارٕی تہ الگ الگ دورن منز وچھی بٔڈۍ بٔڈۍ سنسکرت عالِم یمو یہ فلسفہ برونہہ پکناونس منز اہم رول ادا کوٚر۔ سند اَمہِ حدی ہندۍ صاحب کولن لیچھ اکھ موُمنوُہس پیٹھ کلبہ درگشہ پربندھ، ست چدانند کولۍ۔ شیو دشنک بیترِ۔ یِم کتابہ چھینہٕ وُنہِ چھپے منز۔ یتھے پأٹھۍ لیچھ اَرداَمہ ہندی ہندۍ شیو اچاریہ شِو پادھیاین وِجنیان بھیروس پیٹھ ٹیکا (تفسیر) تہ بھاسکراچارین ایشور پرتہ بِجنیا وِمرشنی پیٹھ سہل تفسیر یتھ از کل بھاسکری ونان چھہ۔ اَمہِ چھہ 'للہ واکھ' تہ سنسکرت نظمن منز لیکھمہٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھے اَمہ شیو نظریہ مطابق یوگ واسشٹھس پیٹھ تہ ٹیکا (Commentary) لیچھمہٕ منز۔

شیواچاریہ ناگارجنن چھہ زِ سنتوتر (Hymn of praise) میلان۔ یِم فلسفہ یانہ چھہ۔ یِہندِ ناو چھہ: (۱) چِتہٕ سنتوش ترِمشکا (۲) پرمارتھ ترِمشکا۔ یہ ناگارجن کُس اوس۔ نہ کتھیک اوس۔ اَتھ متعلق چھینہٕ وُنہ تہ کینہہ پتاہ۔ یتھے پأٹھۍ چھے کُس تانۍ کالِداس یُس چَدگگن چندریکا' وِرُو پاکشانا نتھ سٕندِ

ڈاکٹر شری جے۔ سی۔ چیٹرجین لیچھ ۱۹۱۴ ہس منز گوڈنیُک "کشمیر شیو ازم" ناوٕچ کتاب انگریزی زبانِ منز۔ تہٕ یہِ پیٚیہ اَمہِ حکمہٕ طرفہٕ چھاپ۔ وُنی کینژٕ تہٕ چھُ امیُک تحقیق ہندوستانہٕ علاوٕ نیٚبرمین مُلکن منز جأری۔

کشمیر منز چھہ اَتھ موضوعس سیٚتر دلچسپی تھوَن وألی وارِیاہ عألِم تہٕ آمہ فلسفُک اَمر رچھہ لُوکن چاوان چھہ۔ یِمن منز چھہ راجانک سوامی لکشمن جی مرحوم یِم ایشبرٕ چھہ پرٕیچھہ آتھوارِ ییٚتِکین لُوکن علاوٕ انگریزن تہٕ بیٚرونی طالبن فلسفہ پرناوان تہٕ شیوٕ شاسترٕچ پرمپرا زِندٕ تھوان۔ آمہ علاوٕ چھہ ییٚتہٕ کینہہ اِدارٕ یِم امیُک تحقیق کران چھہ تہٕ اَتھ فلسفس پیٚٹھ وِزٕ وِزٕ کتابہٕ چھپاوان چھہ۔ یِمن منز چھُ "شاردا پیٖٹھ ریسرچ سینٹر" تھوکُن لایق۔ امیُک بأنی کار چھُ ڈاکٹر رادھا کرشن کاو۔ ییٚتہٕ کین آشرمن منز چھُ سوامی راما آشرم (فتح کدل) تہٕ سوامی وِدیادھر آشرم (کرن نگر) یِمن دوشوٕنی آشرمن منز چھُ یہ فلسفہٕ پرناونہٕ یِوان۔

انفرأدی صورتس منز یِم یِنُن تحقیق اَتھ فلسفس پیٚٹھ جأری تھوٕمُت چھہ تِمن منز چھُ ڈاکٹر بلجی ناتھ شاستری سیٚٹھا بُرونٹھ۔ یِمو چھے "سوانتنترِیہ درپن" "کشمیر شیو درشن" بینترناوٕچہ کتابہٕ لیچھہ مُژ۔ یِم شیوٕ شاسترک معلومٲتُک خزانہٕ چھہ۔

یِمہ پأٹھی چھے شیوٕ فلسفچ پرمپرا اَتہٕ بدلو وُریو پیٚٹھٕ بیٚنہٕ چلان یِوان۔

یہ چھے کأشرِ زبأنی منز کشمیرِ ہِندِ فلسفچ گوڈنیچ کتاب۔ یِمہ فلسفس چھہ عام لُوکھ کشمیر شیومت یا کشمیر شیوٕ فلسفہٕ وَنان۔ کشمیر یونیورسٹی چھُ یہ خیال زِ یہ فلسفہٕ کرو اَسو کالجہ کین بڈیہ درجہ کین طالبہٕ علمن ہِندِ خأطرٕ شوٗرو۔

پتہٕ پاٹھی اگر اَسہٕ شاہ غفورنی، شاہ قلندرنی، رحمان ڈارنی، شمس فقیرنی، رحیم صابنی، احد زرگرنی، صمد میرنی، نیامہٕ صابنی، واسہٕ دیونی، پرما نندنی، گوشتہٕ رازدانی، ٹھاکر شینہ ولنی۔ پال دھر جینی، بونہٕ کاکنی، ماسٹر زندٕ کول بیتر گوٚن ہنز شاعری ہند ٹھیکہٕ پاٹھو مطالعہ کرو اَسہٕ دانہٕ اَتھو نتیجس میٚژ زِ یمن ہنز شاعری منز چھ شیو فلسفک تہٕ سنہٕ موٚل درتی منو۔

جدید عالمن ہنز اطلاع زان ۱۸۵۸ء منز ییلہ شری مادھو اچار ینٕ سرو درشن سنگرہ ناوچ کتاب ایشور چندر ودیا ساگرن مرتب کرٕتھ پیپزٕ گوڈنیچ لٹہٕ بِبلیو تھیکا انڈکا (Bibliotheca Indica) یس منز چھاپ۔ اتھ کتابہ منز چھ شراین فلسفن ہند سار (Theme) لیکھتھ تہٕ تمہ شیو سسٹم تہٕ درج:

(۱) نکلیش پاشپت (۲) شیو تہٕ پریہ تہٕ بھجنیا فلسفہ۔ پتہٕ کوٚر اَتھ کتابہ E. B. Cowell تہٕ A. E. Cough ہمو دوہو انگریزی زبانہٕ منز ترجمہ شیو شاستر چھ ترشٹے شاخہٕ اہم مانہٕ یوان۔ یمن منز پرتیہ بھجنیا شاخ چھے سیٹھاہ اہم۔ یورپی عالمن منز چھ ڈاکٹر بیلر گوڈنیک عالم یمو ۱۸۷۶ء منز یہ فلسفہ کشیر منز نوٚن کوٚڈ تہٕ ودیشی عالمن ہند توجہ اورکن پھیر۔

امہ پتہٕ سپد وارہ وارہ امیک پرچار ہندستانہ علاوہ ودیشی ملکن منز تہٕ یمیُک نتیجہ یہ ڈراو زِ فرانس، اٹلی، جرمنی بیتر ملکن منز سپد امیک تحقیق جاری نہٕ امہ فلسفک ترجمہ سپد جرمنی، انگریزی بیتر زبانن منز تہٕ۔ کینژن کالس روٚد امیک ادب ژھونڈن لبن منز سے موجود۔

مگر ییلہ کشیر منز ریسرچ ڈپارٹمنٹ وجودس منز آو تہٕ ۱۹۰۴ء پیٹھ آیہ شیو فلسفس پیٹھ ونس تانی ہتہٕ بُد کتابہ چھپاونہٕ۔ ریسرچ ڈپارٹمنٹکی گوڈنکو

# اَکِم حصہ
# کٲشِرِ ہِنٛد تۄارٟخ
## اکھ سام

کٲشِرِ ہِنٛد تۄارٟخ چھُ سانہِ بٔڈۍ وٕڑی پٕرٕوان۔ یہ چھُ پیٚنٛتھچہ سماجی، مذہبی
سیاسی تہٕ اقتصادی حالاتن مُتعلق صحیح پٲٹھۍ زان کاری کرٕناوان۔ کٲشِرِ ہِنٛدِ
تۄارٟخکۍ آگر چھِ نیل مت پُران۔ راج ترنگنی۔ بِہرنگیش، گیشو بِہرنگیش سمہتا
وِتستا ماہاتمیہ (گوِن یا بجر)۔ شاردا ماہاتمیہ۔ شارکا ماہاتمیہ بیترِ نِنہٕ یوان
تۄارٟخکہِ لحاظٕ چھےٚ نیل مت پُرانس تہٕ راج ترنگنی ہُنٛز اہمیت سیٹھاہ بٔڑ۔ مگر
ماہاتمین ہِنٛز اہمیت تہٕ چھےٚ نہٕ مذہبی لحاظٕ کم کینٛہہ۔ یِمن ماہاتمین منٛز چھُ اَسہِ
کینٛہہ ماہاتمیہ میلان یِم پرانہٕ وقتہٕ کین لُکن ہُنٛد درم۔ دیوی دیوتاین ہیچھ
تیٖرتھ یٲترہ پٔرزِ۔ مندرن تیرتھن تہٕ بیٚیہ چیٖزن پرانین جاین۔ بیٚیہ بیٚیہ چیزن ہنٛز
پاٹھہٕ زانٛز[۱] (Topography) مُتعلق سیٹھاہ کینٛہہ باوان۔

جرمن سکالر ڈاکٹر بُہلر سٕنٛدِ رایہِ موجوب چھُ نیل مت پُران شتہ ہند کی
ہُنٛد پُران۔ یہ پُران چھُ کٲشِرِ ہِنٛدِس پرانس تہذیبس تہٕ تمدنس پیٹھ پوٗر گیٖنو
کڈان۔ یِمہ کنۍ اَسہِ کٲشِرِ ہِنٛدِ پرانۍ واقعہ ٹھیکہ پٲٹھۍ معلوم سپدان چھِ۔
نیل مت پرانہٕ مُطابق اوس کٲشِیر پرانہٕ وقتہٕ آبے آب۔ یہ ساری وادی اوس
سرٕکس روٗپس منٛز دٕرشِتھ یوان۔ اَتھ ٲسِس سرِس اوس ستی سر ناو۔ یہ

---

۱ زمینہٕ ہُنٛد کلکہ روپ۔ سنرو گنیار بیترِ ہُنٛد بیان۔

اَمہِ کِنہٕ چھُہ ییٚمیُک درجہ یِنہٕ مہ درجہ کیٛن کلاسن مدِ نظر تھٲوِتھ مُقرر کرنہٕ آمُت
اَمہِ علاوٕ چھُہ یِتھ مضمونس سیٚتھ دِلچسپی تھاوَن والین تہٕ عام پرٛن والین
ہُنٛد مقصد تہٕ ذہنس منٛز تھاونہٕ آمُت۔ کٔرمٕژ کوشش چھےٚ یہِ مُشکل
فلسفہٕ سہل پٲٹھۍ پیش کرُن۔ ییٚمہِ سیٚتھ یونیورسٹی ہنٛدین ابتدٲیی درجہ کیٛن
پرٛن والین تہٕ عام پرٛن والین تہٕ اَمہِ فلسفک کیٛتھ پَلہٕ پٮ۪یہِ تہٕ اَمیُک
شوق سَنہٕ تہٕ گَتہٕ۔

یہِ کتاب لیکھنہٕ خاطرٕ ہیوٚ مےٚ ییٚمہِ مضمونہٕ کیٛن ماہرن ہِشرٕن کتابن
ہُنٛد مطالعہ کرُن ییٚمیُک حوالہ مےٚ کتابہِ نامس منٛز دِیُت مُت چھُہ۔ یِمہٕ کتابہٕ
چھےٚ زیادٕ تر انگریزی زبانہِ منٛز لیکھنہٕ آمژٕ یِمن منٛز یہِ فلسفہ ٹھیکہٕ پٲٹھۍ
وِسترٕ ناونہٕ آمُت چھُہ۔ جے۔ سی۔ چیٹرجی شرٕنہٕ ڈاکٹر کے۔ سی۔ پانڈے شرنٕ
کتابو علاوٕ دِیُت مےٚ ڈاکٹر آر۔ کے۔ کاو شرٕنہ وکتابو نہٕ مدد۔ اَمہِ خاطرٕ
چھُس بہٕ تِہنٛد شُکر گذار۔

ہاری ناتھ کلا

گران ژِ کٲشِرِ منز اوسُس "درد" ناوُک قبیلہ یُس کالہِ روزان۔ درد اصلس منز
قبیلہ دردی آسہٕ یا پیر علاقس منز بسیمِت تِم آسہٕ ہارِ یامُن علاقن منز
چھکراوۍ۔ چتراں تہٕ گلگتس منز ہیسِلہ پیتہٕ واتِتھ تِم کٲشِرِ منز
پکِتھ چھینہ آسی شقِہ یا تھُو ہیکان وُنِتھ زِ پشاژِ کرا آیہٕ کٲشِرِ منز۔ مگر اتھ کیچھ
چھُنہٕ کانہہ تہٕ شکھ زِ پشاژ آیہٕ کٲشِرِ منز ناگو پٹھے بارسس۔ یِم پیتہٕ آیہٕ ہِند
آریہ (Indo-Aryan) مغرب یا جنوب مغربہ کیو دردو منز توۍ پیٹھ چھے
ماننی ہرش کِتھہ زِ پشاژن ہِند کٲشِرِ منز یُن ہینہِ پیٹھ ہند آرین ہِندِس کٲشِرِ منز
اتِنس تانی آسو بِرونہٕ پیٹھے ناگ تہٕ دردی آرین (پشاژن) زاتہٕ نیل گونتہ
نیل مت چران تہٕ چھُ وَنان زِ کشیپ رِشی آیہٕ یور تہٕ وِدزاتہٕ (براہمن، کھشتری
ویش تہٕ شودر) یِلہ کٲشِرِ لیتنس بسنس لایق بنیمژ اوس، اُمہِ پتہٕ ناو چیم نزاتہٕ
بانہٕ واتی۔ مگر اتھ واقعس پیٹھ ہیکو نہٕ آسی پوٗر بروسہ کرِتھ تکیازِ رِگوید چھُنہٕ
کٲشِرِ ہُند تذکرہ کران۔
رِگویدس منز امہ قسمُک حوالہ نہٕ آسنُک چھُ اسہِ اتھ نتیجس پیٹھ
واتان زِ ہِند آریہ اسی نہٕ اتھ دورس منز کٲشِرِ زانان۔ امہ کینہ اسی نہٕ ییم
کٲشِرِ منز بسے میتو۔ مہابھارت چھُ کٲشِرِ ہُنز ذِکر کران تہٕ پیتہٕ کین راجن
تہٕ جغرافی متعلق چھُ کینہہ حوالہ دِوان۔ پانِنی[1] تہٕ چھُ (قبل مسیح شیمہ صدی) پتنہ
اشٹادھیایی منز کٲشِرِ ہُنز ذِکر کران تہٕ گرامرِ مطابق کٲشِرِ لفظس ویرتھاوان
کلہن چھُ راج ترنگنی منز شروعات پرانیچ ہنز یاز پیٹھ کٲشِرِ ہندِ دون راژن
ہندِس عہدس گونندس گونندس تہٕ گونندس دامودرس مہابھارتچہ لڑایہ
ہندِس وقتس سیتی ملناوان۔ وُنِتہ چھُ پران زِ ییم زِ راژ گیہ مہابھارتچہ لڑایہ

[1] سنسکرت زبانی ہنسد بوڈ بار گرامردان۔ [2] سنسکرت گرامرک ناویتھ اٹھ حصہ چھِ۔
[3] سنسکرت گرامرک ناو یتھ آٹھ حصہ چھِ۔

What about Nadi Sutra?

ژراوس سیٹھاہ سۆن تہٕ کھۄل۔ کیشہ کال گژھتہٕ کڈنوو مہرشی ژرب پتہٕ کشیپن امیک پونٕ۔ بال ژٹناوِتھ ڈراو امیک پونی وُرِسلو قصبہٕ بۆنٕ کنہٕ تہٕ وادی بنیہٕ وارٕ وارٕ لۄسنس بسنس لایق۔ کشیر ہنٕدِ امہِ واقہٕک تذکرٕ چھُ کلہن پنڈتن تہٕ پننہِ راجہ ترنگنی منٛز کوٗرمُت۔

[١] येषा देवी उमा सैव कश्मीरा नृपसत्तम।

आसीत् सरः पूर्णजलं सुरम्यं सुमनोहरम्॥

मन्वन्तरेषु पूर्वेषु नासीद् देश इमं किल।

कश्मीराख्यं बभूवास्मिन् कथं वैवस्वतेऽन्तरे॥

तस्यां तु भूमौ भवति सरस्तु विमलोदकम्।

षड्योजनायतं रम्यं तदर्धेन च विस्तृतम्॥

सतीदेश इति ख्यातं देवक्रीडा मनोहरम्।

आकाशमिव गम्भीरं जलजैश्च विवर्जितम्॥

शीतलामल पानीयं सर्व भूमि मनोहरम्॥

Nilamat purana

[٢] पुरा सतीसरः कल्पारम्भात्प्रभृतिभूरभूत्

कश्यपेन तदन्तस्थं घातयित्वा जलोद्भवम्

निर्ममे तत्सरो भूमौ कश्मीरा इति मण्डलम्॥

Rajatarangini

[٣] امہِ کہِ مطالہٕ سیتۍ چھُ اَسہِ نَنان زِ پرانہٕ وقتہٕ اوس ییتہٕ ناگہٕ پشارٕ ذاتہٕ روزان۔ نیل مت پرانہٕ مطابق اوس ناگ ییتہٕ کۍ آدوٲسی۔ ییم زن گوڈٕ گوڈٕ بالَن پیٹھ روزان اوسی۔ زبان دانَن ہنٛدِ نوٚ تحقیقاتہٕ موجب چھ پشاژ یا دردی آرین کشیر منٛز گوڈنیکۍ بسکینٕتھ ستۍ گنزرنہٕ یوان۔ امہِ کنہِ ہنٛد حوالہٕ چھُ اسہِ مرومش پُران، مہابھارت بیتر کتابو منٛز تہٕ میلان۔ یم تہٕ چھ آریہٕ ذکرٕ

[illegible]

[illegible]

عقیدٕ وُنہٕ تہٕ چھہ چلان۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ یتھہٕ کالہٕ اُسی آدِ واسی ہِندٕستانٕ
منز کامَن منز بسان۔ تھکن چھُ کشیر ہِندی آدِ واسی تہٕ آسہٕ ہن بِھتھے پٹھو
دِہاتَن منز بسان۔ یِم اُسی اَکس خاص مَتس پیٹھ چلان تہٕ اُسی گوڈٕ گوڈٕ
بوٗتَن پٕہتَن بیتر خوش کرنہٕ خاطرٕ بلی (نیاز) دِوان تہٕ تہندٕ پوٗزا کران۔

دیان چھہ یِیلہٕ آریہ یوٚد آیہٕ تِم ییلی آدِ واسی ین ستھ تہٕ آیہٕ دارٕ وارٕ
تِہندیس اثرس تل۔ آخر گیہ کال گُزرِ ستھہٕ پیو تمن (آرین) بٹیٔن ہِندی
مذہبی عقیدٕ تہٕ ماننہٕ۔ ییلہٕ وقت گُزران گُزران گو تہٕ آدِ واسی ین ہِندین
اشٹہٕ دیوَن (مت پرٕنھو دِوتاہن) (Deities) آو ستھاہ بوش کھارنہٕ تہٕ تمن
آخر نٕھوٗد روہ تبہٕ دِنہٕ۔ تتھے آیہٕ یِتہٕ دیوی دِوتاہن ہِندی روٗپ ماننہٕ۔

نیل مت پرانہٕ مطابق اُسی کشیر ہِندی لوکھ پرانہٕ وقتہٕ پیٹھ
واریاہن دِوتاہن ہِندٕ وہ پاسنا (عبادتھ) کران۔ یِم اُسی ویدِک دِوتاہن
ہِندکہٕ تہٕ پورانی عقیدَن ہِندی یادگار۔ یِمَن دِوتاہن پیٹھ اکھ پرٕٹھ
پرٕٹھ۔ امہ علاوہٕ اُسی یِم آدِ واسی ین ہِندین دِوتاہن ہِندی مثلن نکمیھ
ہِشہٕ، اَمی سِنٛدین یادگارَن ہِنز۔ نیلہٕ ناگَنز۔ ناگہٕ دِوتاہن ہِنز۔ گیشہ
ہِنز۔ پشاچن بیتر ہِنزٕ تہٕ وہ پاسنا کران۔ بڈین دیوَن، خاص کرِتھ
شوراتری پیٹھ اُسی شِوٕ لِنگس پوٗزا دُم دامہٕ سان کران۔ یمو موٚنٛ بٔلوان بُدھ
تہٕ اکھ اوتار تہٕ اَمی سِنٛز وہ پاسنا تہٕ ہیٚنٛز کھ کرٕنی۔ یہ دوٚان مٔے ہیٚبر کنہٕ زِ
ییلہٕ کشیپ ریشن کشیر آباد کٔر۔ تہٕ اَمی بساوی یِتہٕ لوکھ۔ دِوتاہو تہٕ ناگو
ڈٕٹ یہ جاے۔ دیوی لوٗ کرٕ ڈٕرِ یا وکِس رُوٗپس منز یہ جاے حاصل۔ پشاچ
تہٕ بسییہٕ کشیر منز مگر کشیپن کوٚڈ یِمَن حکم زِ یِم گژھَن صرف شین رَتن یِتہٕ
روزٕنی۔ کشیپَن ووٚن یِمَن: "یِہ پشاچن ہُند زِ تیتھ، نَکمیہ روز یِتہٕ ونٛدکین

مٔنز شمولیتھ کرنہٕ خاطرٕ مقرر آیہٕ۔ اَتہٕ کٔرکھ بگوان کرشنن سیٹھاہ لڑاے تہٕ موٗدمُت
اُمی شیٹھا اَتھ۔ یہ کتھ چھےٚ مُمکن زِ ہِندٕ آریو آسہِ مشرقی تہٕ مغربی
ہِندُستانس سیٹھاہ مُقابلہ کرُن مُشکل سپٕدمُت۔ اوہ موکھ آسہ ہانٛ یہٕ ویدِک
دورِ پتہٕ کٔشیرِ مٔنز تہٕ اہتھ۔ یہ وقت آسہ ہے سہٕ بیٚلہِ مہابھارٕتٕچ لڑاے
ہِندُستانس مٔنز سپٕز۔

تقریبن اکہِ ساس قبل مسیح سپٕز یہ لڑاے ہِندُستانس مٔنز۔ کلہن چھُ
مہابھارتٕچ لڑایہ ہُنٛد دکہ تقریبن ز ساس ژور ہتھ تہٕ ارتالیہ (2448
B.C) قبل مسیح مانان۔ اَمہِ کتھہِ یہ انداز کرُن چھُنہٕ غلط زِ ہِندُستانٕچ
تہذیب تہٕ تمدن یُس واریاہن مذہبن ہُنٛد مِلہٕ مِش روٗپ اوس، آسہِ
مہابھارتٕچ لڑایہ ہِندِس وقتس تامتھ وادی مٔنز پھیلیومُت۔

## کٔشیرِ ہِندِ باشندن ہِندۍ عقیدہٕ

کٔشیر چھےٚ جغرافی لحاظٕ کنہِ ژورٕ وارٕیو پاسو سیٹھاہ وٕلتھ۔ یہ چھےٚ ژٕیٛن
پہاڑن مٔنز اکھ سعتہ دِ جاے یا سمان چھُ اَندٕ اَندی پہاڑ آسنہٕ کنہِ
آسہِ ہمیشہٕ پتہٕ کینہہ لُکن نٕیبرِ میٚنز لُکن سیٹھاہ واریاہس کالس تام گژھُن
اَمہِ کنہِ آسہِ ہمیشہ نیٚبرِ ہِم اَتھ کٔشیرِ ہِندِ لُکن پیٚٹھ واریاہس کالس پیوٗمُت
مگر فکرٕ چھُ تِمن ز وادی مٔنز آسی واریاہ فرقہٕ تہٕ مذہبی رِوایژ جاری۔ یِمہ
رِکنہ آسہِ یہ چھُ نِشان زِ یُت آسہ بیٚون بیٚون مذہبی تہٕ فلسفو یانہ اوُدھن ول
وقتہ وقتہ وٲتی مٕتہ۔

سیٹھا ذلیلہ چھُ یہِ کتھ پوٚژھر دِوان زِ کٔشیرِ ہِندۍ باشند
آسی پرانہِ وقتہ پیٚٹھہٕ آریت ہِندۍ تہٕ آدِواسی یِن ہِندۍ عقیدہٕ مانان، یِم

اَمہِ کِنۍ گو یہِ بِلکُل واضح زِ کٔشیرِ ہِنٛدِ شیٚشن چھُ پانٛژن واجی سیٛٹھاہ تُلُن وُٹھ شیٚشرٕ ناگ ([illegible]) نٲوۍ آسنہٕ موجوٗد کیہِ اَگہ لُکن ناگہٕ پوٗزا یہِ پیٚٹھ عقیدٕ چھُ اَتھ منٛز چھینہٕ کانٛہہ شُبہٕ آسُنۍ۔

The Early His- ایس۔ سی۔ رے چھ پنٛنہِ کتابہِ

tory and Cultura of Kashmir منٛز وَنان

زِ کٔشیرِ ہِنٛدۍ باشنٛدۍ آسۍ نہٕ اَوٕ وِزِ ناگن ہٕنٛدِ عقیدَن پیٚٹھ یَژھہ پَژھ تھوان۔ مگر اَمِچ دلیل چھینہٕ وُنہ تہٕ معلوم سپدان۔ باسان چھُ زِ ناگہٕ پوٗزا آسہِ گوڈٕ پیٚٹھ کٔشیرِ منٛز۔ تہٕ یوٚدوے اَمہِ دَرِ منٛز [illegible] گوڈنیک دَرم۔ اَمیکۍ آثار چھِ وُنہِ کینٛسہٕ تہٕ کٔشیرِ منٛز لبنہٕ یوان۔ یہِ کتھ چھینہٕ غلط باسان کینٛہہ تہِ بیاکھ زِ کٲشرِ زنانہٕ خاص کٔرِتھ بٹنیٛن ییٚمہ تہٕ تِمن پیٚٹھ بوٚز آسان چھےٚ سۄ چھےٚ ناگہٕ پوٗزا یہِ ہِنٛد اَکھ ڈاکارٕ تہٕ بوٚزتھ۔ تہٕ پوٚز چھےٚ سَرو چھ ہیٚتھ تِمنٛز پیٚٹھ اوٚیزان آسان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ بٹن ہٕنٛد اَکھ بوٚڈ دوہ اننتہٕ ژودہ داہ (اننت چتُردَشی)[2] بادرٕ پیٚتھہٕ زوٗنہٕ پَچھ ژودٔشہِ دوہہٕ مناونہٕ یوان۔ اننتہٕ ژودہ داہ چھےٚ شیٚشہ ناگُن بوٚڈ دوہ مانہٕ یوان۔ اَتھ سِلسلس منٛز چھ اَمہِ دوہہٕ بٹنہٕ سَریچ چالہٕ اننت (سرچ چالہٕ اَکہ دوٚرٕ تانٛس یا اَتھہٕ رَستہٕ ترکاوان بتہٕ پاکھ) شیٚشہ ناگُن دوہ وُنہ تہٕ مناوان۔ اَمہِ تلہٕ تہٕ چھُ اَسہِ نیٚشان زِ ناگن ہٕنٛد آثر چھُ بٹنہٕ کین لُکن پیٚٹھ سانیہِ بدلیو وَرِی پیٚٹھ سیٛٹھاہ سۄن تہٕ گوٚن۔

---

1۔ سنسکرتس منٛز 'پیچھ' لفظس چھُ کٲشرِ زبٲنۍ منٛز 'پوٗژ' بنان یمیک مانے چھُ 'لوٗٹ'۔ اَتھی لفظس چھُ ہِنٛدوستٲنۍ زبانن منٛز 'پوچھ' بنان۔ 2۔ اننتنک مانے گو شیٚشہ ناگ۔

شین رتن پننین سپہان سیتی ۔ امہ پتہ اژ امہ بٹیو بیٹو ملکو پیٹھ ژور زاژ ۔ مگر یم آسی بیٹہ صرف رتہ کالہ کین شین رتن روزان ۔ امہ علاوہ چھ اسہ نیل مت تراونہ کہ مطالعہ کرتہ سیتی پتہ نتان زِ بیلہ ژور یوگ (Period) ختم گیہ تہ بیتہ اوس اکھ بڈ براچھن امس اوس ناو چینٹ دیو یہ ڈراوتھ بیتہ کمین ہٹین باشندن سیتی نیبر کینہ ۔ یہ روٹ پشاڑو بیتہ ییتہ پتہ اسی ژنگہ ژنگہ دوہ کہ ۔ اخرس گو یہ نیلہ ناگس نیشہ ۔ امہ روٹ یہ پانس نیشہ ۔ امہ پتہ چھو وندکین شین رتن نیلہ ناگس نیشہ پتیج رچھتہ رواج بیتہ بیلہ یم اور اتھ [illegible] (۲۰۰۰ [illegible]) چی نیتیہ رتیو نیبر پیٹھ آیہ ۔ [illegible] ژ بتھن یہ سارے شتھو [illegible] تتہ پیٹھ بیٹھ آدم ساں بتہ ہنزت بیٹھ کین رہتن پیٹھ چلن ۔ یمہ ریتہ چھ [illegible] تہ کاشرین ہتن مز چلان ۔ شلون کھیتر یہ اوس بیتر ۔ پیتر پانچھی چھ یمن مز کینہہ ریتہ ہوانن ہندین دوہ ژھون (ہتین دوہن) تہ رہمن سیتی واٹھ فقوان ۔

## کٲشرِ مذہبہ پوزا (عبادت)

کٲشر مذہبچ چھے پوزا یتہ وقتہ پیٹھ گوڈ انوٲری دینہ ایرشہ کشپ رٲشیو بیلہ ستی سرینگر پوٹھ کڈ نو تہ تمہ کرہ پننس نتیجہ من نیلہ ناگس پیتیج زمین حوالہ تہ سیتی ولانس پتہ ۔ زیٹھہ زمینہ ہندی راچھدار آسن شوتہ شتی پاروتی ۔ امہ اشارہ تلہ چھ اسہ یہ نشان تہ امہ کتھہ ہند تصدیق سپدان زِ یتہ کٲشرِ مذہب انسانن قدم ترٲو تتہ پیٹھ موں تمہ شو بتن اشٹ دیو (Deity) یانے مینہ پنزوں خاص دیوتا ۔ اکھ متعلق چھ یہ وٲنن تہ موزون زِ بیتہ کین گوڈنکین باشندن ناگن چھ شوس سیتی سون تہ گوون تعلق یکیاز شو چھ پننس ہیس منز منزمہ شش ہار لگاوت پننیو زیبائش مانان ۔ سوتان چھ زِ ونتاپہ ہند زمم چھ زمینہ منز تمہ سیتہ تہ شوول لگاونہ سیتی سپدیومت ۔

درم بنیومُت۔

مہنجو دارہ تہ ہڑپاہس منز کھننہٕ ہتو چھُ اَسہ پتہٕ چیکرتان زِ شِوٕ بشنز وعہ پاسنا اُس

دادِمی سندھ کِس تہذیب کِس دورَس منز یانے قبل مسیح ترٚیہ ساس وری

ہندوستانَس منز جاری۔ ویدن، برہمن گرنتھن تہ اُپنشدن تہ پُرانن ہیتھ

کتابن منز تہ چھُ اَمیُک حوالہ اَسہ میلان۔ یہ کتھ چھے ڈاکٹر رادھا کرشنن

سی ہیوودنہ۔ راے۔ آر۔ ڈبلیو فریزر بیتر سکالرو وٕنی مژ۔ یہِندِ وَنُن

چھُ زِ ویدک دورس منز اُس شِوٕ بشنز وعہ پاسنا جاری۔ کیتہہ حوالہ چھہ

یہ صاف پاٹھی تابیعہ کران زِ آمہ قسمچ وعہ پاسنا (پوزا) اُس آریو غائر

آرین نیشپاٹھ ناوِ مژ۔

یٔمِنن چھُ یہ وَنُن صنوٕ روٕری زِ شِوٕ وعہ پاسنا یہ تہ شیوٕ فلسفس چھُ

پانہٕ وأنی صرف ناوٕکے رشتہ۔ شِوٕ وعہ پاسنا چھے محض مذہبی رسومات یوٚ

دٔنی پیٹھ خوشحالی تہ پاپہ جایی خاطرٕ چھے پیدان کرتہٕ۔ اَکہ کتھ چھُ اَمیُک

تولُق نیٚبر وٕنی مگر شیوٕ فلسفک تعلُق چھُ باطنس سیتی۔ اَتھ منز چھُ خود

شناسی (Self - Education) زِ ہند عنصر سارِوٕے کھوتہٕ بتھوٚ۔

## کٔشیرِ منز شیوٕ مت

کلہن سُنٛز راج ترنگنی موجب اوس کٔشیرِ منز پرانہٕ وقتہ پیٹھے شیو

مت مروج۔ اَتھ منز چھِ اَسہِ وارِیاہ حوالہ میلان۔ یٔمہ سیتی یہ نشان چھُ زِ

شِوٕ سِندِس ناوس پیٹھ چھہ یِیتہٕ بےشمار مندر تہ استھاپن بنے متو۔ کلہن چھُ

لیکھان زِ راجہ اشوکس برونہہ اُس یِیتہ وِجے شورچ اَکھ بٔڈ بارہٕ زیارتھ

یِیتہ شِوٕ بشنز پوزا اُس کرنہٕ یوان۔ اشوک یُدوے بُدھ متُک پاروکار

اَتھ مَنٛز چھُنہٕ کانٛہہ شَکھ زِ بُدھ مت آو کٲشِرِ مَنٛز قبل مسیح
ترٛیٚیِمہِ صدی بارسس۔ یِیٚتہٕ کیٚو لُکو موٗن یہٕ دَرم تہٕ بَنیوٚ یہٕ بودھ۔ اَمہِ برونٛہہ
دبیبہٕ ناگہٕ فرقکو لُکھ تہٕ پٲنٛہہ دَرم ہیٚوٗتن ژھوکُن ہیٚنٛدِین عقیدن تہٕ دیوتاہَن
مَنٛز ادٕس شِوہٕ پوٗزٕ وۄہ پاسنا یہٕ تمہٕ وِزِ کۄرتھ دۄنٛت بییٚلہٕ بُدھ دَرم کٲشِرِ مَنٛز ثابت
اوس تہٕ۔ اَمہِ پتہٕ ہیٚیوٚر یِیٚتہٕ کیٚو لُکو وارٕہ وارٕہ وِشنو پوٗزٕ۔ سوٗریہٕ پوٗزٕ تہٕ بیٚیَن
بیٚیَن دیوتاہَن تہٕ دیوی یَن ہنٛز وۄہ پاسنا شوٗروٗ کٔرِنہٕ۔ ناگہٕ پوٗزایہٕ ہنٛد حوالہٕ
دِوان چھُ ایچ، ایچ، وِلسَن لیکھان۔

"Originally no dout, it (the religion of Kashmir) was ophite or snake worship but this is a part of the Hindu ritual and the Nāgas are included in the orthodox pantheon. The adoration of Śiva was soon engrafted upon this, even if the two rites were not originally identified."

"اَتھ مَنٛز چھُنہٕ کانٛہہ شَکھ زِ کٲشِرِ ہُنٛد موٗلہٕ دَرم اوس ناگہٕ پوٗزا مگر
یہٕ چھُ ہیٚنٛدِین ہنٛدِ رسمُک اَکھ حِصہ تہٕ ناگ چھِ سارِنٕے دیوتاہَن ہنٛزِ
پوٗزایہٕ مَنٛز شٲمِل آسِتھے۔ شِوہٕ پوٗزا گٔیہٕ اَتھ پیٹھٕ۔ یوٚدوے یِم
زٕ رسم (rites) آسِ نہٕ گۄڈٕ پیٹھٕ کٔنۍ زانہٕ یوان۔" حقیقتھ چھےٚ یہِ زِ پرانہٕ
وقتہٕ اوس شِو مت تہٕ بُدھ مت کٲشِرِ ہنٛدِین باشِنٛدن مَنٛز مقبوٗل

دویم حصہ

# کٲشِرِ منٛز فلسفُک تواریخ تہٕ ادب

## (۱) فلسفہ تہٕ امیُک اِبتدا

تہذیب کِس اِرتقاہس منٛز یِمہٕ ژھِ انسان برٛونٛہہ برٛونٛہہ پکان گوٚو تِتھٕ پٲٹھۍ یِس ذہنس منٛز سِتیہ یِم زٕ سوال۔ اَما اِنسان پٲنٛڈ وۄجوٗد حقیقت (Reality) کیا چھےٚ؟ کائنات تہٕ وۄجوٗدُک اصلیت کیا چھےٚ، گوٚو تام یُس وقت آسہ اِنسانَن گوڈٕ نِت یِمَن دۄن سوالَن ہُنٛد حل ژھانڈان تہٕ گاران، یِمہِ کمَن کمَن بیوٚن بیوٚن خیالَن منٛز آسہ سٕہ تشنان گومٕت۔ تہٕ ہیکو نہٕ اسہِ وٕنی تھِ۔ اَکھ دور آو ییلہِ اَمہِ منٛز خاص نظریہ یِمَن دۄن سوالَن پیٹھ رٲےِ جور گوو۔ تہٕ ہیوٚن تُن خاص منطیق تہٕ سوچچھ وَنہٕ برٛونٛہہ برٛونٛہہ پکُن۔ ذیان ییلہِ یہٕ دور آو تہٕ فلسفُک تواریخ گوٚو شورو۔ عام لفظَن منٛز ہیکو اسہِ یہٕ وٕنِتھ۔ زِ فلسفہ کیا گو۔ فلسفہ گوٚو زیو (Individual soul) ہِنٛد تہٕ زِندگی حقیقتہٕ پیٹھ اِنسانہٕ ہِنٛد سوچُک نظریہ۔ اَما امِس زیو ہُنٛد آگُر (Origin) کیا چھُ تہٕ اَمہ ہِنٛزِ زِندگی ہُنٛد مقصد کیا گژھ آسُن تہٕ اَمہ ہُنٛد قسمت کیتھ پٲٹھۍ چھُ بنان۔ بییَن لفظَن منٛز ووٚن۔ فلسفہ گو۔ اَما یِمہ کائنات نیبر کیا چھُ تہٕ زیوِس نِش منٛزِ اصلیت کیا چھےٚ۔ اَسہِ اَندر کیا چھُ۔ اَسہ نیبر کیا چھُ تہٕ اَسہ تھوٚد کیا

اوس نوتہٕ اوس سُہ شِوٕ پرسنٛد بنیوو۔ اَمہ کِنۍ بناوِہ اَمہِ پانٕنۍ شِوٕ پرسنٛدہ
زٕ منٛدر۔ کارکوٹ راژن ہنٛدِس دورَس منٛز تہٕ سپُد پُتہٕ شیو دَرم سیٹھا
مقبوٗل۔ اونتہٕ ورما (855-883 AD) اوس شِوٕ پرسنٛد بوڈ بار بکھتی۔ سُہ
چھُ پننِس آخری دورس زیشٹھ رودریشورس (ییتہٕ وُنی کینٛہہ زیٹھ یارو نا
رچھ) گنٛزادان۔ کارکوٹ خاندانہٕ پتہٕ چھُ اُتپل خاندانکو راز شیو متس
سیٹھا سرپرستی کران۔ یہ مت چھُ لہر دورس منٛز سیٹھا پکیہ ہُرادان۔
وادی منٛز چھُ شیو آگمُک پرچار کرن دوٗل شِری کنٹھ مانیہ یوان۔ اَمہ
علاوٕ چھُ کلہن تانترِک بِرِتُک حوالہٕ دِوان یُس شِوٕ پوزایہ سیتۍ سیٹھا
واتلہٕ ہتوان چھُ۔ ییلہِ اشوکہ سِنٛد راجہ بروٗنٹھ (272-232 B.C
کشیرِ منٛز بُدھ مت ژاو تہٕ ییلہِ لُکہ اُسو شِوٕ تہٕ شکتی ہِنٛز پوزا کران
یِم اُسو شِوٕ تہٕ شکتی کایناتکو موٗل تہٕ ماج مانان۔ شیو شاسترن موجوب چھے
یِم زٕ علامژ کایناتس بناونس منٛز اہم رول ادا کران۔ مطالعہ کرنہٕ سیتۍ چھُ
نَنان زِ کشیرِ منٛز چھِ شِوٕ پرسٕنٛز تہٕ شکتی ہِنٛز عبادتھ تواریخ کہ پرتھ ہمہِ دورٕ
پیٹھ سیٹھا مقبوٗل آمٕژ۔ وُنی کینٛہہ تہٕ چھِ یتیہ توارِیخ برٛہم واریاہ
شِوٕ پرسنٛدہ استھاپن موجوٗد یِمن منٛز یِم زیادٕ مشہوٗر چھِ۔ مثلن۔ امریشور۔
وِجبیشور۔ سُریشور۔ (اَتھ چھُ وُنی کینٛہہ سُرہ شوہ وَنان)۔

ہرشیشور (اَتھ چھُ وُنی کینٛہہ ہرکہ شوہ وَنان تہٕ یہ
چھُ کھونہ مُہ طرفہ اکس پہاڑس پیٹھ) جہادیو۔ بھوتیشور۔ ہرمکیشور۔
بیتہِ شیو مت چھُ پرتھ جایہ شاکتیک (شکتی سیتۍ تعلق تھوون ووٗل) اوسمت۔
اَدے چھِ وُنی کینٛہہ تہٕ پرانہِ زیادٕ شکتی سیتۍ منسوٗب یوان کرنہٕ۔ یِچھ
پاٹھۍ اوس پرانہٕ وقتہٕ پیٹھ کشیرِ منٛز شِوٕ تہٕ شکتی ہِنٛز پوزایہ سیٹھاہ واتھ۔

# ویدک فلسفہ تہٕ بودھ فلسفہٕ

ویدٕ منٛز چھےٚ رِگوید سمِہتاہ پرٛون مانہٕ یوان۔ یہٕ ویدک دور چھےٚ غالباً (3000-2000 B.C) ترٛٮ۪ن ساس ؤری پیٚٹھٕ زٕ ساس قبل مسیح مونمُت۔ تہٕ امہِ پتہٕ آیہِ لیکھنہٕ ویدک لِٹریچر یتھ منٛز برٛاہمن گرنتھ آرنیک تہٕ بیٚیہِ اُپنشد شامِل چھہ یم چھہ فلسفی بابتہٕ خیالو سیٚتی برپور۔ مگر یتھ اَسی اصل فلسفہٕ وَنوٚتھ کوٚ مہاتما بُدھ سٕندِ دورٕ (500 B.C) پیٚٹھٕ شوٗروٗ۔ یہ چھےٚ آسہ بوزنہٕ یوان زٕ مہاتما بُدھ تہٕ وردھمان مہاویر اَسی زیادٕ تر فلسفہ دان۔ یِمو دوشوٕے لگووِ پننٕ سوچ زندگی ہٕنٛدِ تہٕ دُکھک (دُنیہِک) مسلہٕ حل کرنہٕ خاطرٕ۔ یتھ منٛز یِمو بگوانہٕ سٕندِس وجوٗدس تہٕ اُمی سٕنٛز کارکردگی سیٚتی کانٛہہ تعلُق تھوو نہٕ۔ بودن ہٕنٛدِ پیٚٹھٕ دراے کوٚٹھ واریاہ فلسفن ہٕنٛدی سوٚکول۔ یِمو پتہٕ آیہ اُپنشدن ہٕنٛدِ فلسفو بابتہٕ خیالو پیٚٹھٕ برہمن ہٕنٛدی سانکھیہ یوگ بیتر مت بارسس۔

# شیو فلسفہ

شیوٕ مَتٕچ تحریک پیٚیہ ہٕنٛدُستانس منٛز ویدک تحریکہِ نِشہِ سیٚٹھاہ ہیوٚ حدٕ برونٛہہ شوٗروٗ۔ موہنجو دارو تہٕ ہڑپاہس منٛز لبنہٕ آمتیو نِشانو چھےٚ ہاوِتھ دِیُتمُت زِ شیوٕ مت اوس سِندھ وادی ہٕنٛدِس تہذیبکِس دورس منٛز (۳۲۵۰-۲۷۵۰ B.C) پھۄلیومُت۔ یہ کتھ چھےٚ سر جان مارشلن پننِس رپوٹس منٛز وٕنمٕژ۔ تہٕ شیوٕ مَتٕچ توارِیخ چھےٚ اَتھ دورس منٛز یا شاید امہِ برونٛہہ کوتاہ کال برو شوٗروٗ گٔمٕژ۔ شیوٕ مَتٕکی پیروکار تہٕ ویدک مَتکی مانن والی اَسی سیٚٹھاہ ہٕس

چھُ بیمن کتھن ہُند غور تہٕ سوٗنچ گوٚ فلسفہٕ۔ یمو سۭتۍ مختلف خیالاتو موکھ
گیہ فلسفس بیٚیہ بیٚیہ شاخہٕ یمن Psy-Metaphysics
Positive & Scientific Philosophy-chology.
Aesthetics Ethics & Morals بیترِ آیہٕ وۄجوٗدس منز

مغربی مُلکن منز روٗد علمی فلسفہٕ مذہبہٕ نِشہٕ پوٚرٕ پأٹھۍ دوٗر مگر
ہِندوستانس منز ہیکوٚ نہٕ اَسۍ یہِ ونتھ زِ فلسفہٕ چھُ مذہبہٕ کِنۍ مُتٔن
(Doctrine) نِشہٕ بیٚیون۔ بلکہ نیٚبر بیہِو عالمو تہٕ چھِ یہِ
کتھ قبوٗل کٔرمٕژ زِ ہِندوستانُک فلسفہٕ تہٕ حیثیتھ نہٕ مذہبہٕ نِشہٕ تہٕ الگ تھلگ
روٗدمُت۔ دراصل چھِ یہِ حقیقت زِ مذہبہٕ کیو متو پیٚٹھے گیہ بیٚیون بیٚیون
فلسفن ہِندۍ سوٗکول بأپدٕ تہٕ مختلف سوٗنچ کرن والین ہِندین
بیٚیون بیٚیون نظریَن ہِندین بُنیادن پیٹھ آیہ الگ الگ فلسفکۍ متھ
وجوٗدس منز۔

## ویدِک تہٕ شیومت

ہِندوستأنۍ تہذیبہِ کِس دورس منز آیہ زٕ مذہب بارسس۔ ویدِک
مت تہٕ شیومت۔ ویدِک مت سپُد آرین ہِندیو مذہبی کتابو پیٹھ شوٗرو
بیٚہُند ناو وید چھُ۔ تہٕ شیومت چھُ پھلیو آمہٕ مت کیٚن مذہبی شاسترن ہِنز
بُنیادن پیٹھ یمن چھُ ناو "شیواگم"

سۄ کۄلن مُتعلق کینہہ کینہہ ضوٗرۍ کتھہ بیٚیہِ اَتھ گژھن کشیٖر ہِنٛدِس فلسفس سیٖتۍ
گوٚن دِتھ چھِ۔ رِگ ویدس (۱۰.۹۰) منٛز چھُ سرویشور واد (Pantheistic philosophy) شوٗر وُگومُت۔ "پُرش[1] چھُ یہ سورُے
کاینات یہِ کینٛژھا بڑوٚنتھ گوٚو بیٚیہِ تہٕ سورُے چھُ پُرش۔ پُرش چھُ پُرشنگ
ماننے عظیم ہستی مونہٕ مُت۔ یمِس اَسۍ عام پاٹھۍ اِیشور وَنان چھِ۔ گویا یہِ
سورُے ژھ تتھ چھُ اِیشور سُنٛد رۄپ۔ اَتھ ویدکس (۱۲۹.۱۰) منٛزس منٛز چھُ
یہِ خیال رٔژِ پٹھ سِنٛدِس مُنٛس منٛز ووٚتھمُت زِ یِمہٕ کاینا تُک ابتدا چھُ
'چیت شکتی' (conscious principle) یِمہِ چھُ شوٗرُو گومُت۔
یہِ ووٚن سِتۍ بڑوٚنتھ زِ رِگوید چھُ (3000-2000 B.C) دورس منٛز
ووٚجوٗدس منٛز آمُت۔ ویدکس اَنتس پیٹھ آو "ادویت برہم گیانُک"
فلسفہ ووٚجوٗدس، منٛز یتھ کیا گو زِ یِمہ کاینا تُک حقیقت (Reality) چھِ
اَکھ برہم (Supreme Being) یۄسہٕ چھُ ہِنٛدُستانُک
اہم فلسفہ۔ یہِ فلسفہ آو اُپنشدن منٛز تہٕ ویدک آریَن ہِندِس
ویدانت درشنس (فلسفس) منٛز کھٔژ کھٔ پاٹھۍ ویژھناونہٕ۔ میٚۓ ووٚن
بڑوٚنتھ زِ بُدھ تہٕ مہاویر سُنٛد دور (6th century B.C)
پیٹھ گیہ ہِنٛدُستانکہِ فلسفکۍ مُختلف سۄ کوٗل جارۍ۔ ووہ زِ وَنو اَسۍ یمن
کینژن سۄ کوٗلن مُتعلق نظریہ۔ لوکایت، یمن 'چارواک' تہٕ چھِ وَنان، یِم
اَسۍ مادہ پرست تہٕ یِمو کوٚر اِیشور سِنٛدِس آسنس تہٕ مرنہٕ پتہٕ زندگی آسنس
خلاف پرچار۔ یِم اَسۍ وَنان زِ مرنہٕ پتہٕ چھےٚنہٕ زندگی مُنٛدُک نہ تہٕ ووٚجوٗد۔
برہسپتی رِشی اوس اَتھ سۄ کوٗلُک بانی۔ کار چارواک نِہ اوس اَمی سُنٛد

---

[1] پُرش ایویدم سروم یدبھوتم یچ بھویم"۔

کالس سپتہ سپتہ روزان۔ تہٕ پتہٕ پانٛژھ ویدِک درشن کیٚن پارٕ کارن مُختلف
فلسفو پانٛژ خیال وٕتھی تِمے پانٛژھ وٕتھی شیوٕمت کیٚن پارٕ کارن تہٕ پتہٕ
پانٛژھ ویدِک فلسفہٕ دانن ہِندی بِیٚن بِیٚن سوٗکوٗل بنیہ۔ تِمے پانٛژھی
بنیہ شیو فلسفہ دانن ہِندی زٕ مُختلف سوٗکوٗل۔ ہِندُستانک اکھ عالِم
سکھر پیکھ چیٚن پنٕنس تھوٗکس منٛز وَنان زِ شنکر آچاریہ سِندہ دور پتہٕ
(A.D ۷۸۰ — ۸۲۲) اُسہ شیو مَتکۍ یم پانٛژھ سوٗکوٗل ہِندُستانس منٛز
پھٔلیمتہٕ۔ یمو پنٛژو پنٛژو فلسفن ہِندو سوٗکوٗل تہٕ جارٕی گٔرۍ متہٕ اُسہ۔
یم سوٗکوٗل اُسہٕ (۱) مہا پاشُپت (۲) شیو سِدھانت (۳) نیپال پاشُپت
(۴) کشمیر شیوہ تہٕ (۵) جونٛگ وِیرشیو۔

## یورپس منٛز فلسفہ

یتھ دورس منٛز (B.C ۵۰۰ برونٛہہ) ہِندُستانس منٛز بُدھ متک تہٕ جین متک فلسفہ ووٚجوٗدس منٛز آیہ، اُتھے دورس منٛز سپُد یونانس منٛز فلسفک آغاز۔ قبل مسیح شیٚیمہ صدی منٛز وٕتھ یونانس منٛز مشہور فلسفہ دان تھیلز پیتھا گورس تہٕ سُکرات بیترِ یمو زِندگی تہٕ کاینا تچہ حقیقژ ہِنٛد تلاش شوٗرٕ کوٚر۔ امہ دور پتہٕ مغربس منٛز کمن کمن فلسفن ہِندو سوٗکوٗل پادٕ گیہ تہٕ تِہِندِ نظریہ ہیکو تہٕ اسہ پتیٚن دِتھ۔ یورپس منٛز گو فلسفک علم گوڈ یونانس منٛز شوٗرٕ مگر یونٲنی فلسفہ دان چھ پانہٕ وَنان زِ اسہ ہیوٚت چھ فلسفہ ہِندُستانہٕ کیٚن عالمن نِشہِ۔

## ہِندُستانک فلسفہ

مختصر پاٹھۍ وَنو اسۍ ہِندُستانک فلسفہٕ تہٕ امہ کیٚن مختلف

Kapil – Sankhya
Patanjali – Yoga
Goutam – Nyaya
Kanad – Visheshak

Gemini – Mimansa
Badharayana – Vedanta



تہٕ آنند۔ یِم کیاہ گیہٕ : سَت گوٚو ہمیشہ روزَن واجینیٚن ہستی ۔
(ETERNAL REALITY) چِت گوٚو شعوٗرُک طاقتھ
(Conscious Principle)۔ آنند (Bliss) گوٚو
بےحد کھوش تہٕ خوشوٗد سعٕ کھ یا وُنو اَتھ پار مارٔنیک سعٕ کھ۔ ہندُستانس منٛز آیہٕ
وَقتہٕ وقتہٕ شےٚ فلسفہٕ وٕتھ جوٗدس منٛز یِمو پننہٕ پننہٕ نظریہٕ کیٛنہ نوٚوی نوٚو
فلسفیانہٕ خیال پیش کٔری۔ یِم فلسفہ چھہ سانکھیہٕ[1]۔ یوگ[2]۔ نیایہٕ[3]۔ ویشیشِک[4]۔
میٖمانسا تہٕ ویدانت[6]۔ مہرشی کپل چھُ سانکھیہ شاسترُک، پتنجلی یوگُک، گوتم
نیایُک۔ کناد ویشیشِکُک، جیمنی میمانسا شاسترُک تہٕ بادراین ویدانت
شاسترُک بٲنی کار مانہٕ یوان۔ یِمن ستہٕ سیتھ گوٚو ویاکرن شاستر کین عالِمن
منٛز شبد برہم واد تہٕ سپھوٹ واد سوٗ کوٚل شوٗرو۔ یِمو دوٚیو فلسفو موجوب
چھُ ییٚمہٕ ساری کاینات ابتدا شبد یا لفظ۔ اَتھ مُتعلق ہیکو نہٕ ییٚتین کینہہ
وٕنِتھ۔ البتہٕ کٔشیر ہندِس فلسفس منٛز کرو اَتھ ذکر۔ اعٹھمہ صدی منٛز
آیہ نہٕ نَتھ کُنی فلاسفر بارسس گوڈپاد تہٕ شنکر آچاریہ۔ یِمو کوٚر "ادویت
برہم واد" ثابت کرنہٕ خاطرٕ "وِوَرت" ناوُک مت یا "مایا واد" رٲیج۔ اَمہ
متہٕ (Doctrine) کنہِ وَن یِمو۔ اَکھ "برہم" چھُ پوٗرٕ تہٕ یہ زگتھ چھُ
اَپُز (مِتھیا) تہٕ زِ چھُ "برہم" بیٚیہ نہٕ کینژھہ۔ اَتھ مَتس لوٚگ پتہٕ میس
دوٗرس منٛز بیٚیین مَتن سیتھ ٹکراو۔ یِمن مَتن منٛز بھاسکر آچاریہ۔ راما نُجا
چاریہ۔ ولبھا چاریہ بیترِین ہندی سوٗ کوٚل ذِکر کرنس لایق چھہ۔ یِمو شنکر
اچاریہ سُنٛد "مایا واد" پھُٹرو (Refute) تہٕ یِمن سوٗ کوٚلن
منٛز چھہ کٔشیر ہُنٛد پرتہ بھجنیا فلسفہ تہٕ شامِل۔ اَمی پرتہٕ بھجنیا فلسفن موٗنٕ
شنکر اچاریہ سُنٛد مایا واد۔ ہندُستان کین شیو مَتن منٛز تہٕ آیہٕ مُختلف واد

---

۱ "برہم ستیم جگت مِتھیا جیوو برہمیو ناپرہ"

ژاٹھ۔ جین مَتہٕ والین ہُند چھُ اَنیکانت واد (Doctrine) سیٹھاہ مشہوٗر۔ اَتھ منٛز آو عظیم ہستی (Reality) ہُند بٔیون بٔیون رٔوپن ودٕ جوٗدس منٛز یِمن ہاونہٕ۔ ژوٚوہ اُسی جیینہٕ ین ہِندی گو ریمت تیرتھانکر چھہ وَنان۔ گوڈنیُک اوس رِشبھ دیو تہٕ اَکھری اوس وردھمان مہاویر

(6th, century B.C)

سروٚاستہٕ واد، کشنِک واد۔ وِگیان واد تہٕ شوٗنیہ واد چھہ بودن ہِندی ژور مشہوٗر سکول۔ یِمن منٛز چھُ کشنِک وادس تہٕ شوٗنیہ وادس زیادٕ زور دِنہٕ آمُت۔ وِگیان وٲدی بانیہ وِگیان وادس سیٹھاہ چلن وٲلی چھہ مانان زِ عظیم ہستی چھےٚ خیالن ہِنٛز ژٕری (Flow) یا سہ منٹہٕ منٹہٕ بدلِنہٕ Flux چھہ۔ شوٗنیہ وٲدی چھہ وَنان عظیم ہستی چھےٚ شوٗنٛی (Voidness)۔ یِمو بودھ سکولو بتہٕ یِمن یِمن فلسفکی ہِندی سکول برہمن مت کین پاٹھو کأرِن منٛز بارسس آیہٕ۔ تِم چھہ یِم: (1-2) سانکھیہ یوگ سکول۔ یِمو چھہ مأدی طاقتہٕ تہٕ خیالک طاقتہٕ عظیم ہستی مونمُت۔ نیایہٕ ویشیشِک (3-4) یِہند نظریہٕ کُنہ چھُ یہٕ کاینات سیٹھاہ ہیوٚنہٕ مختلف مادی ہِندیہ ہیلہٕ سیتھ بنیومُت۔ خاص کٔرِتھ چھُ ویشیشِک متس منٛز یِم عنصر اٹھمت منٛز یا ذرٕت منٛز تقسیم کرنہٕ آمتی۔ یِمو ذرو سیتی یہ سورُے سمسار بنیو۔ میمامسا تہٕ ویدانت۔ یِمو دوٚیو مَتو کوٚر کرمک فلسفہٕ تہٕ برہمہ گیانک فلسفہٕ قائم۔ کرمہٕ فلسفہٕ موجوٗب چھُ زیوس (انسانس) پنٛنین کرتوتن یا عملن ہُند پھَل ضروٗر بوٚگُن پیوان۔ رٕتھ کام اَسین کٔرمژ تہٕ رُتے پھَل تُلہ۔ خراب کرم اُسین کٔرِ میتۍ تہٕ ناکارٕ پھَل بوٚگہ۔ برہم گیانک فلسفہ چھُ وَنان زِ عظیم ہستی چھےٚ برہم۔ برہم چھُ ست، چِت

صدی تام کٲشرِ منز عورِ جنس پیٚیہٕ - اتھ پتہٕ نوٲمہ صدی منز آو کٲشرِ
منز اکھ مذہبی انقلاب۔ یٔمیُک نتیجہ نیٚرِ یہ زِ بُدھ مَتُک لُوگ سیٹھاہ
ژکہٕ تہٕ پرون شیومت آو بییہ بار بسس۔ نوٲمہ صدی منز بنیہ یہ کٲشیر
مختلف فلسفن ہندین لہرن ہند سنگم۔ یم لہرٕ آیہ ہندوستانہٕ پیٚیٹھ۔ بودن
ویدکن۔ شیون۔ شاکتن۔ وِیاکرنن (Grammarians) سانکھین
نیایکن۔ ویدانتین تہٕ یوگہ درشنہٕ کین سوٗکولن نیٚشہِ کٲشرِ منز۔ یمن فلسفن
ہندِ سنگمہٕ کِنۍ آو اکھ نوٚو فلسفہ وجودس منز یتھ عام لوٗکھ چھِ کٲشُر
شیوازم وَنان مگر یہ چھُ اکھ خاص فلسفہ یٔمیُک ناو پرتیہ بھِجنیا درشن (فلسفہ)
چھُ۔ یہ چھُ پیوان بوزنہٕ زِ یہ فلسفہ پیش کرن والیو اُنی سیٹھاہ فلسفیانہ
خیال بیٚنہ سوٗکولو مکمل تہٕ مولٕک بناونہٕ خاطرٕ یمو متو منز۔ مگر کٲشرِ
ہندو فلسفہ دانو کوٚرِ یہ نوٚو فلسفہ پننس ٹیکنیکس (Techniques)
منز پیش۔ یُس تیمو کشمیر شیو اگمہٕ منز کوٚڈ۔

## ترِکہ شاستر تہٕ امہٕ فلسفُک سار (Theme)

کٲشرِ ہندین شیون ہندی چھِ ترے مختلف سوٗکول ملہٕ ہیٚچہ بُنیادٕ
پیٚیٹھ وجودس منز آمتۍ - (۱) آگم شاستر (۲) سپند شاستر (۳) پرتیہ بھِجنیا
شاستر۔ یمن ترِنشونی شاسترن یکہ وٹہٕ کرِتھ چھِ اکھ ترِکہ شاستر ناو۔
(یانے ترِن شاسترن ہند میل) یمن ترِنشونی شاسترن متعلق چھُ بنُن یُن
سیٹھا وسی لیٹریچر یٔمیُک تذکرٕ اسۍ دمہ پتہ کرَو۔ امیُک تذکرٕ کرنہٕ برونٹھ
چھُ یِنن امہٕ لیٹریچرس وجودس تہٕ تواریخی پہلوہس پیٹھ کینہہ
وننہٕ ضروری۔ گوڈنیچ کتھ چھےٚ یہ وَنِنۍ ضروری زِ نوٲمہ صدی منز

(Doctrines) وۄجوٗدس منٛز۔ یِمن مُتعلق یلیٚتین ونٕنۍ ہنٛزٕ وٕری

چھُنہٕ

## کٲشِرِ منٛز فلسفُک وۄجوٗد

ییٚتہٕ پٲٹھۍ ہِندُستانس منٛز مذہبی مَتو منٛزٕ فلسفٕک وۄجوٗدس منٛز آیہ تیتھے پٲٹھۍ آو کٲشِرِ منٛز تہٕ فلسفٕک شیو مَتہٕ پیٚٹھ وۄجوٗدس منٛز پیٚٹھ کتھ آیہٕ برونٛہہ۔ ونہٕ زٕ شیو مَت چھُ سیٹھا پرون تہٕ ہِندُستانہٕ کین مُختلف جاین منٛز اوس یہ برونٛہہ مہٕ وقتہٕ پیٹھے لُکن منٛز مقبول تہٕ کٲشِرِ منٛز تہٕ اوس یہ فلسفٕک مہاراج اشوک (273-232 B-C) سٕندِ وقتہٕ برونٛہہ بارسس آمُت۔ ہشو شکھتی مت اوس کٲشِرِ منٛز ییٚتین مٕتی ہرولہٕ اَنہٕ تہٕ خیالٕر مقبوٗل۔ یہ چھُنہٕ پتاہ زٕ شو شکھتی مت کُر سنا آو کٲشِرِ منٛز۔ مگر کلہن سٕنزِ راج ترنگنی مُطابق چھُ باسان زِ مہا بھارت کِہ دورِ پیٹھ (3148 B-C) اُسی کٲشِرِ ہِندُستانٕکین باقی جاین سیتۍ خبر کیتہٕ وقتہٕ پیٹھہٕ تولُقات سیدِ مچتِ رگٕہ یہاں دسیتو دُلیتہ آسنہٕ کنۍ چھُ باسان زِ کٲشِرِ آسِہے ہِندُستانٕکین باقی جاین ہنٛدٕ الگ ہش روز زنہٕ۔ تکیازِ اَوت اِنسانٕہ سٕندِ ین گژھن آسہے سیٹھا دُشوار۔ مگر کٲشِرِ ہنٛد تواریخ چھُ ونان زِ مشکلاتو باوجود تہٕ چھُ اوس مُت کٲشِرِ تہٕ باقے ہِندُستانس پانہٕ وٲنۍ آتہٕ گژھتہٕ (Communication) پرانہٕ وقتہٕ پیٹھہٕ جٲری تہٕ قودرتی کتھا چھُ زِ کٲشِرِ منٛز واتی ہِندُستانہٕ پیٹھہٕ وقتہٕ وقتہٕ مختلف مت تہٕ فلسفہٕ۔ یِمن منٛز ویدِک شیو مت تہٕ فلسفہٕ شٲمِل چھُ۔ یِمو سوٗ کولُو ترو و کٲشِرِ ہنٛدین عالمن پیٚٹھ سیٹھاہ اثر۔ بُدھ مت اوس کٲشِرِ منٛز سیٚٹھہٕ سٕندِ دورِ پیٹھہٕ سیٹھا کال برونٛہہ پھٕہلیومُت۔ یہ مت اوس اشوکہٕ سٕندِ وقتہٕ پیٹھہٕ سیٹھہٕ جٕندی

آگم گرنتھن منز چھ یم گرنتھ مشہور :

(۱) مالنی وجے تنتر یا وجیوتر (۲) سوچھند تنتر (۳) وگیان بھیرو
(۴) آنند بھیرو (یہ چھ نایاب) (۵) مرگیندر، متنگ، نیتر، نشواس
سوایمبھو۔ رُدر یامل تنتر بیتر۔ یمن ہندی موضوع چھ وارِیاہ۔ مذہبی تہٕ
فلسفی پاٹھۍ مشکل۔ مالنی وجے تنترس منز چھ موکھتی ہندین ترین ووپاین
ہند ذکر کرنہٕ آمت۔ یمن ؤنان چھ (۱) آنو پایہ (۲) شاکتو پایہ تہٕ (۳)
شامبھوو پایہ بیتر۔ یمو مضمونو علاوٕ چھ یتھ ونن یوان زِ یہ مالنی وجے
تنتر چھ پرتہ بھجنیا شاستر کیتہ آگمادھکارک (آگمن ہند حصہٕ)۔ اگر سوچھند
تنترس منز چھ یم مضمون ...: یوگ، دھیانس متعلق۔ بودھ فلسفس
شونیہ وادس تہٕ بییہ فلسفی پاٹھۍ خیالن متعلق۔ وگیان بھیرو چھ ۔۔ یوگ
کیا پنچ عمل بیان کران۔ پرا، پر، مشکا۔ امہٕ منز چھ شبد برہم وادین ہند
مت وننہٕ آمت تہٕ پرا[۱]۔ پشینتی[۲]۔ مدھیما[۳] تہٕ ویکھری[۴]۔ یتھو سوترن متعلق

---

[۱] پرا چھ تھ آواز ؤنان یُس مولادارس (نابس تہٕ تل جایہ منز) اکہ
ژکرا منز پیٹھ رہنہٕ چھ۔

[۲] پشینتی چھ تھ آواز ؤنان یُس مولادارہ پیٹھ نیرتھ نابس منز آسہ

[۳] مدھیما چھ سو آواز یُس نابہٕ پیٹھ وچھس منز روزِ۔

[۴] ویکھری سو آواز یُس ہٹہٕ منز نیرِ۔

پرا تہٕ پشینتی چھ صرف ایشور تہٕ یوگی زانن ہیکان۔

دراصل چھ اکٕے آواز مولادارہ، نابہ، وچھ تہٕ ہٹہٕ کہ حلقہ سینی
پرا، پشینتی۔ مدھیما تہٕ ویکھری اِمو ژورو ناوو کنہ ونہٕ یوان۔

اَدس کٔشیرِ منز مذہبک تہٕ فلسفک اِنقلاب آمُت۔ اَتھی دورس منز اوس
شیتہٕ وُسگُپت ناوٕک رِیٖش روزان یمیٚ شیو سوٗترٕ ناوٕک شاسترِ جاد یوو
پہاڑٕچہ اَکس شِلہ پیٹھ لیوٚکھمُت نوٚب۔ یِمَن سوٗترن پیٹھ کوٚر یِمیہ
دِلیو آچاریو، کلَٹن تہٕ سوماننّدن پننہٕ پننہٕ ژرایہ موجوب منٛز (سوٗتر)
کلَٹن دِیُت یِمَن مت مذہبچہ بُنیادِ پیٹھ تہٕ سوماننّدن یِمہٕ یِمَن سوٗترَن
فلسفو یانہٕ خیالن منٛز بُنیاد پیٹھ۔ یِمیٚ چھیٚ اَکھ اَہَم کتھ زِ یِم ترِیٚے
مُختلف سوٗترَن کتھہٕ پٕھٹو آیہٕ تواریخی نظریہ کِنہ وُجوٗدس منٛز
مُمکن چھُ آگم شاسترُک بانی کارمانیٚ لیوان۔ تِکیازِ شیو سوٗترٕ چھِ آگم
شاسترُک اہم اَنگ تہٕ یِہ چھُ آگم شاسترٕچ اَکھ زٔبردسٕت موٚلُٹ کتاب۔ کلَٹن
اوٚن یِمَن سوٗترَن وُجوٗدس منٛز تہٕ اَتھ پیوٚ ناو سپند شاستر۔ اَمی چھ
سپند شاسترس منٛز شیو سوٗترن ہُنٛز تشریح پننہٕ نظریہ کِنہ کٔرمِژ۔ اَمہ کِنہ
چھو یہ سپند شاسترُک کوٚرُ یا بانی کار۔ اَمہ پتہٕ اوٚن سوماننّدن ترِیُم
سوٗترَن یانیے پرتہ بِجنیا سوٗترَن یارَس۔ یہ سوٗترَن کوٚر اَمی فلسفہٕچ
بُنیاد پیٹھ کھڑا۔ یِمہٕ متعلق وِیٛرژھٕ ناوِتھ اَسہ برونٛہہ کُن وَنو۔ حالُک نو
اَسہ یِمَن ترِیَن شاسترَن متعلق۔

## (۱) آگم شاستر

شیو شاستر چہ پرتھ پیٹھ چلن والین عالمَن ہُند خیال
چھُ زِ آگم شاستر چھِنہٕ کانٛہہ اِنسانی لیکھمُت۔ یِہُند وُجوٗد چھُ سناتن
(اَبدی)۔ وَنان چھِ زِ یہ شاستر اوس کینٛژھس کالس گۄڈٕ کھانس گوٚمُت۔
پتہٕ کوٚڈ یہ شاستر شیو شاسترکیو رِیٚشیو نوٚن تہٕ یِہُند گیان پھہلوٚو کٔشیرِ منز

رٗوپس منز یا گرمی ہنٛدِس رٗوپس منز، یا ورکس روٗپس منز۔ ریڈیو شبد رکس رٗوپس تہٕ ٹی، وی شکلن ہنٛدِس رٗوپس منز تِتھے پاٹھۍ چھُہ سپنٛدُک ظہوٗر۔ یتھیٚ کائینات کین مختلف پدارتھن (Objects) منز ظاہر گژھان۔

## سپنٛد کیا گو :-

سپنٛد گو شوٗعوٗرُک (Consciousness) سُہ طاقتھ یُس جسمٲنی حواسن منز یا ہینٛدرین منز زندگی دِیہ۔ اَمہِ طاقتہٕ روٗس باسہِ زندگی بے کار تہٕ ژوٚ روٗس۔ یہ طاقتھ ہیکہِ سُہ زانتھ یُس پٔھٹکھ پاٹھۍ پننس آزادانہٕ شوٗعوٗری سعی باوس (Nature) آسہِ مشاہدہ کران۔ اَمہِ قسمہِ کِس طریقس یا وڑدیوکس (Action) چھُہ شیوا گمہ مطابق 'بھیرو' وَنان مثلن: 'اُدیمو بھیرو' یانے عمل چھے بوٗد طاقتھ۔ سپنٛدُک یہ طاقتھ چھُہ حواسن (Senses) منز وُتیش دِنہٕ وزِ یادِ لیشہ ہُنٛد۔ وٗجوٗدُک تہٕ سمہارُک (فنا کُن) وجہ بنان۔ اَمی طاقتہٕ سیتۍ چھُہ دُنیہس منز ترتیبھ کانہہ چیز وٗجوٗدس منز یوان بیتہٕ دران تہٕ فنا گژھان۔

سپنٛد سِدانت (Doctrine) چھُہ پرماتا (Perceiver) تہٕ پرمیئس (Object) سیتۍ وابستھ تھوان۔ یہ سورُے دُنیا چھُہ سپنٛدُک ظہوٗر۔ یہ چھُہ سۄ زانن یُس اَمہِ کین ناوی جارین گژھ۔

آتما (روح) چھُہ دَراصل پرکاش تہٕ وِمرش روٗپ۔ آتما چھُہ دراصل پرم شیو یانے عظیم ہستی۔ آتما ہیچ عظیم ہستی آسنہٕ چھے اَکھ شوٗعوٗری حالتھ۔ یہ شوٗعوٗری حالتھ چھے اَمیک سپنٛد (ہلچل) آسُن۔ سپنٛدس

آدبہٕ و نیچھے وننہٕ زِ بیہہشد موضوٗع چھُ ترٛین وُژٕ ہیتین ووہ پایِن ہیُشد بیان۔ گُنہ گنہٕ چھِ اکھ منٛز فلسفٕی یا نہٕ خیال نہٕ میلان یَتھٕ کن اکھہ سوٗنتر چھُ وَنان زِ و پیتنیم آتما' یانے آتما چھُ ژہتن یا شوٗعور۔ بیٚیس جایہ چھُ وَنان زِ آتما چھُ شِو یانے عظیم ہستی تہٕ بٔڑھ بیٚیہ بیٚیہ کنٛھ چھِ ہیمَن شاسترن منٛز آمٕژٕ

## (۲) سپنٛد شاستر

تٔرکہٕ فلسفُک اکھ حصہ چھُ سپنٛدٕ شاستر وننہٕ یِوان۔ سپنٛد سِلسِلکی آگُر چھِ شِوٕ سوٗتر۔ یِم چھِ کارِکاین منٛز لیکھنہٕ آمٕتۍ۔ یِم کارِکایہ چھِ شِوٕ منٛکِس اوٗصوٗلس پیٹھ واٹھ ہتھوان۔ آمیُک اُدبہ چھُ کارِکاین پیٹھ مُشتمِل۔ اَمہ شاسترُک لٔڑیچر چھُ یہ: (۱) سپنٛد کارِکا[۱] (۲) سپنٛد وِرتی (مختصر تفسیر یِم چھِ کلٹن لیچھمٕژ) (۳) سپنٛد دِورِتی۔ یہ چھِ رامہ کنٹھن بنأومٕژ (۴) سپنٛد پردیپکا۔ یہ چھِ اُتپل دیوٗن بنأومٕژ۔ (۵) سپنٛد سندوہ چھُ کھیم راجن لیٚوکھمُت تہٕ سپنٛد نِرنے تہٕ چھُ اُمی لیٚوکھمُت۔ بیٚیمہ سپنٛدٕ شاسترُک خاص موضوٗع چھُ عظیم ہستی شِوٕ سُند سپنٛد (Energy) یانے طاقت۔ اَمہ طاقتہٕ کنٛہ چھُ یہ سورُے کاینات بنان۔ شِوٕ فلسفس منٛز یِم شیٚتیہ ترٛہ (۳۶) تتوٕ (Elements) وننہٕ آمٕتۍ چھِ تِم تہٕ چھِ اَمہ سپنٛدٕ منٛز بنیمٕتۍ۔ یِہندٕ اُٹھ بجلی ہُنٛد زِ و مُختلِف روٗپَن منٛز ظاہِر گژھان چھِ یانے کاشہٕ کس

---

[۱] یہ چھُنہٕ وُننہٕ یِتاہ زِ یہ کارِکا چھا وسُگپتن لیچھمٕژ یا کلٹن۔

کائنہ آدار (Base) ڈُز یتھس منز چھ اُسہِ ہیوٗن ہیوٗن چیز وُچھان۔ تہٕ وُچھتھ چھ تیمن اُسہِ الگ الگ ناو دِوان۔ یِم ناو چھ اَسہِ تیٚلہٕ دِوان ییٚلہٕ اَسہِ شعور (Consciousness) چھُ۔

اَکہِ طرفہٕ چھُ اَکھ زیو اتما یَتھ طاقتس محدوٗد دمان۔ یتھ آزادِ پزٕھ ہیتھ چھُ اُمس پنُن دِایِرتنگ تہٕ محدود باسان۔ اَکھ صورتس منز رکھتھ پأنٹھو ہیٚکہ نہٕ سٕو لیہِ آکرس سیٚتھ میلتھ۔ یہ سوال چھُ بیٚتن وُلان تہٕ اَمیُک جواب چھُ یتھ پأٹھی ییٚلہٕ دوٚیِم طریقہٕ زیو اتما (Individual soul) یتھ آزادِ پزٕھ سیٚتھ پنُن پان کائیناتی شعورکِس آکرس سیٚتھ ملاوان چھُ یا سہٕ تتھی ہیوٗ بنان چھُ۔ "اُمید سأری یتھ دِن پچھ وُسو ہیوان تہٕ اُمید شدہ سٕو لیہٕ بحر چھُ واپس ریوان یتھ زانہ ژھوکان چھُ۔"

جسمانی روح (Embodied soul) ییٚلہٕ کائینأتی شعورکس طاقتس (ENERGY) سیٚتھ میلان چھُ۔ اَتہٕ چھنہٕ اُمس آنو۔ ماییہٕ تہٕ کارمہ یِمن ترٛین ملن ہٕنز حدبندی باسان۔ یِم ترٛشے مل چھ اُتہٕ غایب گژھان۔ یِم ترٛشے مل چھ اِنسانہٕ سٕنز یژھ گیانس تہٕ کریایہ (Desire, Knowledge & Activity) ژھوکراوان۔

لگاتار وندس وُچھنہٕ سیٚتھ (Introspection) چھ یِم مل دوٗر گژھان۔ تہٕ اَتہٕ چھُ یہ (زیو) کتھ حالتھ منز پکان تہٕ اَکھ حالتھ منز چھُ اُمس پوٗرہٕ آنند تہٕ گیانہٕ آسان۔

یہ کھتھ حالتھ (دَشا) چھنہٕ اَکہِ قسمٕچ شونیہٕ کہِ یہ پچھنہٕ یہ حقہٕ ژٕکھ یوٗرہٕ اَکھ حالتھ منز دأرتھ چھنہٕ یُس انہارِک خلاء (Vacuum) باسان سپدان۔

گیٚنٛژکڈِنۍ چھےٚ بیٚیٚن بیٚیہ صوٗرژ

سپنٛد چھےٚ اندرٕنۍ تہٕ بیرٕنۍ یِمن دوشوٕنی ہٕنٛز ہمیشہ چلوٕنۍ رفتار۔ مگر مادی طاقتٕچ رفتار چھےٚ نہٕ یُتھ کہ ومرشچ رفتار۔ سپنٛد چھےٚ اکہٕ قسمٕچ دمہٕ ٹہٕ دمہٕ ٹھہٕرش۔ یِمہ سۭتۍ اندرٕنۍ تہٕ بیرٕنۍ پرکاشچ (شوٗعوٗرٕچ) عمل چھےٚ مگر دُنیا یی پرکاشچ نہٕ باسنکہ پرکاشچ۔

سپنٛد چھےٚ اکہٕ قسمٕچ لہٕر مگر بجلی ہٕنٛز ہش یا آواز ہٕنٛز ہش یا کُنہ مادی چیزٕچ لہٕر نہٕ یُتھ کہ یہ چھےٚ آتمٕچ یا شوٗعوٗرٕچ لہٕر۔ پرکاش تہٕ ومرشچ ییمُو تہٕچ لہٕر سائنس موجودٕ چھےٚ لہٕرن ہٕنٛز رفتار ہلو یا تھٕ بیرٕنۍ آسان۔ مگر سپنٛدس متعلق چھُ یہ وننہٕ یوان زِ امِچ رفتار چھےٚ اکہٕ وٹہٕ بیرٕنۍ تہٕ اندرٕنۍ تہٕ آسان۔ دراصل چھُ یہ ینہٕ پرکاشہٕ کِنی زانہٕ یوان۔ آتمایس منٛز یِمہ سپنٛد روٗپیا چھےٚ اُمہ کہ بجر سۭتۍ چھُیہ اُمس پننہٕ پرکاشنہ خاطرٕ تہٕ ومرشنہ خاطرٕ کُنیک تٕہ صوٗرژ تھہ یوان۔ یہ حالتھ محسوس کرنہٕ سۭتۍ چھُ انسان پادٕ ایشہٕ بنہٕ تہٕ فناہ گژھنہٕ کہ طاقتک خوفہٕ نیشہ مچھ روزان۔

[1] یہ چھےٚ سہ حالتھ یتھ منٛز نہٕ چھُ سہ کہہ نہٕ چھُ دوہ کہہ نہٕ ییکو اُسوان تھہ حالتس منٛز کانہہ چیز جُدا اسہٕ سۭتۍ نہٕ آسِتھ۔ وننہٕ چھُ یوان زِ اکھ چیز بیٚیلہِ جُدا اسہٕ سۭتۍ نہٕ آسِتھ ییکان چھُن۔ چھُنہٕ کہیں۔ صِرف پزپٔن (شوٗعوٗر)۔ شوٗعوٗرٕ ورأے چھُنہٕ اکھ چیزس کانہہ صیفتھ نہٕ چھُس

---

[1] Pure consciousness

[2] نہٕ دُکھ نہٕ سُکھ یُتھ۔ نہٕ گژھہٕ ہیمہ گژھہٕ ہکم نتیجہ۔ نہٕ چاستہ موٗڈاھ بجادٕ پہ تہٕ سستہٕ پرمار تھتیہ۔ سپنٛد نرنیہ۔ صفحہ نمبر ۱۷

بیہتر۔ سپند لفظ چھُ انگریزی کس سپیڈس (Speed) تہٕ ڈچ زبانٕہ ہنٛدِس سپوڈس (Spoed) ہیتھ دلان۔ شیو فلسفہٕ مۄجوب چھُ سپندک مانے speeding with pulsation یانے دوہٕ دوہٕ ہیتھ تیز رفتار سپندس چھُ پوٗرٕ مانے مثلن۔ پرٛانہٕ سپندن (life pulsation) یہ کتھ پھٕنے ویدک زمانہٕ پیٹھٕ سارنے پتاہ زِ کایناتس منٛز پرٛیتھ کانٛہہ چیز چھُ صرف ـ لگاتار چلہٕ وُن سِلسِلہ۔ اَمی کنہِ چھ اَسہِ ڈنی ہیش سنسکرتس منٛز ’زگتھ‘ وَنان۔ زگتک مانے چھُ ـ چلہٕ وُن ـ پکہٕ وُن۔ ایشوٗ سیو پنِشدس منٛز تہِ چھُ اَسہِ اَمیُک حوالہٕ میلان:ـ

مثلن ”یت کنٛچت جگتیام جگت“

یتھ کایناتس منٛز چھُ سختہٕ کھعہ تہٕ سخ۔ گمہ یہ کھعہ تہٕ گوٗب تہٕ ہٕلُو مادٕ پکہٕ وُن، چلہٕ وُن تہٕ ہچورٕ وُن اَکھ جسُم۔ وُنی کینٛہہ سائنسہٕ مُطابق گو مادٕ صرف داریاہ رادن ہُند ترنٛگ۔ ساسہ یدٕ وٕری بروٗنٛہہ چھٕنے یہ کتھ شیو فلسفہٕ دانو وُنی ہِش۔

## پرٛتہٕ بھجنیا شاستر

یہ وَون سٕنے بروٗنٛہہ زِ پرٛتہٕ بھجنیا شاستر چھُ تٔرک شاستروک اصلی فلسفہٕ۔ یہ کتاب چھٕنے اَمہِ فلسفہٕ کِس موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ یوان۔ اَمی کنہِ چھُ اَکھ فلسفس مُتعلق کینٛہہ وَنُن ضروری۔

پرٛتہٕ بھجنیا لفظُک مانے چھُ زان۔ رُکٕج زان۔ پنٕنہِ پانٕنٛچ زان یانے

---

^ سپند سمجنہٕ خاطرٕ پرٛ پرکاش تہٕ وِمرشُک حصہ غور ورٕ پرٛن۔

یہ چھُہ سُتھرو یا خلاہ یُس پوٗر غُلی مُک تہٕ عملہٕ ہُنٛد خزانہ چھُہ۔ یہ چھُہ اَکھ پوشہٕ وُن ذخیرٕ۔ آتما چھُہ بنیہٕ پرٛکاشہٕ سۭتر پرٛکاش مان تہٕ وِمرشہٕ سۭتو وِمرشیہٕ مان آسان۔ باقے سارٕنے چیزَن چھُہ پنُن وۄجوٗد ثابت کرنہٕ خاطرٕ سمود روٗپ آتماہیچ ضروٗرت پیوان۔ اَمہ کِنہ چھُہ مُکوٗ اُسو یہ وَنِتھ زِ روٗحس ورائے سارِے پیسے دُنیہس چھُہ پنُن وۄجوٗد ثابت کرنہٕ خاطرٕ دوٗیمِس یانے روٗحس آویزٕ روزُن پیوان۔ مگر روٗحس چھُنہٕ اَمہ کِنہِ خاطرٕ پانس رنشہٕ بیٚیوٚن کانٛسہٕ آویز روزُن پیوان۔ دُنیہس منٛز بیٚیس اوٚنٛد روزُن چھُہ غوٗلامی۔ روٗحس کانٛسہٕ پیٹھ آویز نہ روزُن چھُہ اَمیچ خوٗد مختاری آتما چھُہ ہمیشہ سوٗتنتر۔ سواتنٛترتہٕ (Sovereignty) چھُہ اَمیُک صِفت۔ سواتنٛتر چھُہ آتما تہٕ یوٚہے چھُہ زِ تیٚمُن تہٕ۔ شُدٕ (Pure) زِ تینُک ناو چھُہ۔ آتما۔ پرم شِو۔ پرم برہم تہٕ بگوان بیترٕ۔ اَمہ کِنہ چھہ اُسہ ساری پرم شِوے عظیم ہستی یہ۔ دراصل چھہ اُسہ ساری سوٗتنتر (آزاد)۔ پرم شِو چھُہ پننہ قُدرتی سپنٛد (ہل چل) سۭتو گیانہٕ (Knowledge) تہٕ کرٛیایہٕ (Action) یہ ہنٛدِس مُنٛزلس منٛز وسان تہٕ اَمہ مُنٛزلہ پیٹھہ چھُہ سُہ ہمیشہ پرٛکاش تہٕ وِمرشکس مُنٛزلس پیٹھ کھسان تہٕ یوٚہے چھُہ سپنٛد چہ انتر مُکھتا یہ (بیٚرُونی)
(اَندرُونی) تہٕ بہِر مُکھتا یہ حالتھ ہُنٛد کرشمہ۔

شیو فلسفس منٛز چھُہ سپنٛدُک تصوٗر دُنیکس سائینسی نظریس مُطابقہٕ سیٚٹھاہ اہم۔ سپنٛدُک مطلب چھُہ۔ چھورُن۔ وٕنہٕ ٹہٕ ووٹ۔ وٕنہٕ کرُن

---

۱۔ عالمس منٛز چھے عظیم ہستی بہ رنگہ یانے وِمرش روٗپ (مجازی) عالمہ ہشُور چھے انترموٗکھ (پرٛکاش روٗپ یانے خالص نوٗر)

ترِکہ شاسترس منز چھہ یمن پیٹھو میمن ترین شاسترن ہُنْد سمگرہ
یا نیسو میرِن۔ اَتھ ترِکہ شاستر کیس لٹریچرس منز چھہ مشہور ابھنوگپت
سُنْد تنترالوک۔ تنترسار بیتر۔ یمن ترِکہ شاسترکین گرنتھن (کتابن) منز
چھہ بیہ وُنی ہتین شاسترن منز آمتو مذہبی تہٕ فلسفیانہ خیالکر اُصول ہیمیکہ
بیان آسو بڈِ ونتھ کُن کرِو۔

پنُن پان پرزناوُن ۔ یہ کٕس چھُس ۔ مےٚ منز کم صفتھ چھہ ۔ یمہ دُنیاہس منز ییتھ چھُنہٕ میانہٕ خاطرٕ کینہہ تہٕ ناممکن ۔ یہ چھُس پرم شوبن نِسے عظیم ہستی مےٚ منز چھہ تِمے صفتھ موجود یِم تٔمسٕ عظیم ہستی منز موجود چھہ ۔ تمہِ قسمہ زانِنہٕ چھہ پرتھ کانٛسہِ انسانہٕ سٕندِ خاطرٕ ضروری ۔ ییتھ پاٹھۍ سیٚمہ شالہ کھیلس منز نٔگتھ پیٚنہٕ ۔ بہادری گوٚن بیترٕ مُشرٲوِتھ شالہ میوٚ بنان چھہ ۔ تیتھے پاٹھۍ چھہ زیو (انسان) دُنیاہس منز ییتھ پیٚنہٕ قدرتی صفتھ ہیٚرتھ ملوکنہٕ گژھان ۔ پنُن پان پرزناوُنے چھہ اَمہِ فلسفک ہُنرتر ۔

یہ کتھ ہیکو اسہِ ییتھ پاٹھۍ ویزِتھ ناوِتھ ۔ ییتھ پاٹھۍ اکس گنٛڈ لہ تنٛہِ منز جیوتی موجود آسان چھیے ۔ صرف چھیے دٲوٕہ سیتی سہ ظاہر گژھان تیتھے پاٹھۍ چھیے اکس انسانس منز تہٕ عظیم ہستی ہنز جیوتی موجود ۔ گرسہ چھیے سہ نیہر سہ نِشہٕ گنڈِتھ چھیے امہ فلسفک ہُنرتر

پرتہ بھجیا فلسفک لٹریچر چھہ ییتھ پاٹھۍ :

(۱) سوامی شنّد نِشہ درشٹہ

(۲) اُتپل دیوُنی ایشور پرتہ بھجیا کارِکا ۔

(۳) اُتپل دیونی پننہ کارِکاہ پیٹھ وِرتی

(۴) پرتہ بھجیا کارِکاہ پیٹھ ابھنوگپت سٕنز مونہ چھوٹہ ٹیکا وِمرشِنی ۔

(۵) پرتہ بھجیا کارِکاہ پیٹھ ابھنوگپت سٕنز بڈ ٹیکا ۔

(۶) ابھنوگپت شند پرمارتھ سار ۔ اتھ پیٹھ چھیے یوگ راج سٕنز ٹیکا ۔ (Commentary)

(۷) کھیم راج سٕند پرتہ بھجیا ہردیم

(۸) اُتپل دیونی سدھ تریی بیتر

اَسوُن (Self, essence) چھِس) بےُ زُٹھ شہ چاہے
یاژہٕنِن (چھِس دار)۔ شِوس چھِےٚ سواتنتر شکھتی -Sovereign)
(Will) ty of (سارِی طاقتہٕ چھِس پانس منٛز۔ بلکہ بیٚیہ کُنہٕ نیٚبرٕ میہ
چیز کہ طاقتُک موہتاج چھُنہٕ) شِوس ثندی ترٛم طاقتہٕ کمٛ چھہ ترٛم چھہ: اِچھِا
شکھتی۔ گیانٛ شکھتی تہٕ کرِیا شکھتی (Will. Knowledge
and Action) یہ شِو چھُ پانہٕ سوٗرسے کائناتس تہٕ اَمہ کائناتہٕ نیبرٕ بہ
کیٚنژھا اَسہ پتاہ چھُنہٕ تتہٕ چھُ شِو۔
یہِے چھِیہ شِو سُنٛد دُیُم روٗپ۔ کائناتُک روٗپ گو وِشوٗمے تہٕ
کائناتہٕ نیٚبرِم روٗپ گو وِشوٗتیرن۔ وونی ووٚنہٕ کانٛہہ زِ کائناتس
منٛز گو یہ شِو موجوٗد۔ تیلہِ گو یہ اَکھ عظیم ہستی۔ مگر سو کیٚتہٕ چھِنہٕ یکبارٕ
کائناتس منٛز گوسہ موجوٗد تہٕ کائناتہٕ نیبر گوسہ لا موجوٗد۔ کائناتس منٛز ساکار
(ظاہِری روٗپ) تہٕ چھُ سہ نِراکار (آکارٕ یا شکلِ روٗس) وونی گو زیو۔ زیو
چھہ ترٛکس منٛز پیٚشہٕ (پوٚش) ونان۔ پیٚشہٕ گو حیوان۔ یتھٕ پاٹھی گریا ژھالہٕ
بینٛز چھُ۔ یِم چھہ رُزہِ سیٚنتی یا لاکہہ سیٚنتی بنٛد روزان۔ یتھےٚ پاٹھی چھُ زیو
تہٕ قیوودٕ تکیو بنٛد شِو سیٚنتی بنٛد۔ یِیمہ کِنہِ اَمس زیوس شکھتی چھِےٚ موجوٗد۔
دراصل چھُ زیو شِو سُنٛدُے اَمش (زرٕ) (Spark) یا یہ ووٚنی تو سہ
چھُ شِو ہے مگر سہ چھُ موجوٗد یس حالتس منٛز تہٕ یٚیہ چھُسنہٕ پنُن پان یا
پنُن دِوہ روٗپ (رُوحانیت) (Divinity) پتاہ۔ یِیمہِ فلسفہٕ موجوٗب

---

۱؎ اِچھِا شکھتی (قوتِ ارادہ) ۲؎ گیانٛ شکھتی (قوتِ شناخت ۳؎ کرِیا شکھتی
(قوتِ عمل) ۴؎ وِشوٗمے (عالمس منٛز) وِشوٗتیرن (عالمہٕ نیبر)

ژٔیُم حِصہ

# شِوٕ فلسفکو سِدانت

## (۱) ترکہٕ شاسترکۍ فلسفیانہٕ خیال

برونٛہہ وۄنۍ آیہ ترکہ شاسترٕ چھِ ترٛێن شاسترن ہُنٛد سنٛگرہ (مجموعہ) آگم شاستر۔ سپند شاستر تہٕ پرتیہ بھجنیا شاستر۔ یِمن ترٛێن منٛز چھُ اصل فلسفہٕ (Proper Philosophy) پرتیہ بھجنیا شاسترس منٛز پیش کرنہٕ آمُت۔ مگر یہ ہیکو نہٕ وَنِتھ زِ فلسفیانہٕ خیال کیٛاہ چھینہٕ گوڈنکین دۄن شاسترن منٛز۔ بلکہ ترٛشوے شاسترٕ چھِ فلسفیانہٕ خیالو سِتۍ بٔرِتھ۔ مگر گوڈنکین دۄن شاسترن ہُنٛد نظریہ چھُنہٕ فلسفیانہٕ۔ تِم چھِ زیادٕ تر مذہبی تہٕ تصوفکیو عملو سِتۍ بٔرِتھ۔ یِمن دۄن شاسترن ہُنٛد ینٛز خاص مقصد چھُ یۄہے۔ دۄن ووٚ اسو تِم فلسفیانہٕ خیال یِم ترٛشونی شاسترن منٛز میلان چھِ (Common in three Shastras)

یِمن ترٛشونی شاسترن منٛز چھا یہ ادویت فلسفکو (Monism) یا توحیدکو خیال میلان۔ مگر یِم خیال چھِ مذہبی نظریہ کنہِ دِنہٕ آمتۍ۔ ویدانت تہٕ چھُ ادویت شاستر مگر امیُک نظریہ چھُ فلسفیانہٕ۔ ترکہ شاستر چھُ ماں زِ شِو چھُ عظیم ہستی (Ultimate Reality) تہٕ چھُ ژیتن (شعوری) (Consciousness) کاینا تس منٛز یہ کینٛژھا چھُ تمیُک چھُ یہ مول (Cause) یانے یہ چھُ پرٛتھ کُنہِ چیزُک سار

Somanand — 9th (850-900 AD) — founder — Shiv Drishti
Utpal Dev — 10th — systematiser — Pratibh
Abhinavgupt — 11th cent — commentator —
(b. 924)
2 great

۴۲

اہم مُقام فلسفس عالمس منز کٲشِرِ ہِندِ سوٗلُکھ دِیُت۔ اَمہِ فلسفُک بُنیاد چھِ
کٲشِرِ ہِندیو لوٗکو بیٚچھاه ناد تہٕ بیٚچھاه فخر۔ سومانند اوس کٲشِر منزِ گۄڈنیُک
پانٛچکو فلسفہ دان یُس ہوٚ گومُت۔ یِمو بیٚچھہ بیٚو تھوٚد اہم فلسفہ اِنسانس ہِنٛد
زانِنہِ خٲطرٕ تہٕ عمل کرنہٕ خٲطرٕ پیش کوٚر۔ سومانند اوس اَمہِ فلسفُک
بٲنی کار۔ حالانکہ اَمہِ سٕنٛز کُنہِ نادٕ چھےٚ اَز تام زانٛد اُتپل دیوٕنہِ کتابہ
بیٚچھہ پیوان۔ ییٚمیُک ناو چھُہ پرتہ بِھجنیا کارِکا۔ مگر یہ اوس سومانندٕ
یِمو گۄڈنیچ پیچھ یِمہِ فلسفکو اصوٗل (Doctrines) یِمن کتابہِ منز
دِتو مُتہ چھہ۔ اَمہِ کتابہِ چھُہ ناو "شِو درِشٹی"۔ پرتہ بِھجنیا کارِکا پیٚٹھ
مُصنِف اُتپل دیو چھہ پانہٕ تہِ کینٛہہ ہُنٛد تسلیم کران زِ یہ فلسفہ چھُہ دراصل
میانِس گُروہ سُنٛد۔ سومانندن دِیُت۔ سومانند اوس موکلہ تٕلہ اَمہِ سُنٛد گُرٕ
بٲنی کار (Founder) تہٕ اُتپل دیو اوس اَمیُک ترتیب کار (Sys-
tematiser) تہٕ اَبھِنو گُپت اوس اَمیُک ٹیکا کار (commen-
tator) سومانند کیتہ زمانس منز اوس روزان۔ اَمیُک تحقیق چھہ آسہ
ییٚنہ پاٹھۍ کران۔ اَبھِنو گُپت اوس نوشتہ تہٕ ژوٗدہ عیسوی (924 AD)
سنس منز زامُت۔ اُمس برونٛہہ اوس اَمہٕ شاستروُک آچارِیہ لکشمن گُپت
روزان۔ تِمو سُنٛد گورو گو اُتپل دیو تہٕ اُتپل دیوُن گورو گو سومانند۔ اَمہِ تٕلہ
چھہ نُنان اَسہِ زِ سومانند اوس اَبھِنو گُپتس نِشہ زِ ییٚر پتہ یانے اَکھ
سُنٛد دور آسہ نُوٕ سے ہندی ہِندس درمیانس منز۔ باقی اُمیس
زِیٛنہ منزِک تاریخ چھُنہٕ کینٛہہ تہٕ پَتاه۔ وٕہۍ تہٕ وَنو یہ کتہ اوس کٲشِر روزان
یہ چھُہ یِمن کتابہ منز لیکھان زِ میانہٕ گرٕچ ذات چھےٚ تیرمبہ یُس کٲشر
ناو چھُہ۔ "تیرمبا دیشس بھاشَیا" تیرمبہ زاتہٕ ہندی گرٕ چھِنہ

چھُ اَمِس زیُوس بنِنُ دِوِ رۄپ یا شِوِ رۄپ زانُن۔ یِمہِ سیتی اَمِس موٗحد دِ
روزنچ پھاگُس یا رٕ ژھینِہ تہٕ یِمہِ رکنہٕ یہِ پننہٕ موکھ یا نجات حاصل گژھِ۔ اَمہِ
زیُوَن چھُ پانہٕ بنُن دِوِ رۄپ تہٕ ییمِ ملوٚ سیتی کھٹمہ ھقوومت۔ یِم ترٛےٚ مل
وَنہٕ بہٕ برٛونٛہہ کُن۔ ییلہ یہِ زیُو یِم ترٛےٚ مل ژھلہ یا ژٹاوِ تہٕ اَمِس چھُ ناکار
بنُن شِوٕ سوٚرۄپ یا رۄحانی رۄپ باسنس منٛز یوان۔

## (۲) پرتہٕ بھِجنیا فلسفہ

اَسہِ ووٚن برٛونٛہہ زِ پرتہٕ بھِجنیا شاستر چھُ تِرکہٕ شاسترُک اصل
فلسفہٕ (Philosophy Proper) یا نہٕ بمن ترین شاسترن
منٛز چھےٚ پرتہٕ بھِجنیا فلسفس اَکھ خاص اہمیت۔ اَتھ منٛز چھُ اَمکیو آچارِیو
یہِ فلسفہٕ مذہبکیو جنجالو نِشہِ آزاد کرنچ کوشش کرمٕژ۔ مگر تو تہٕ چھُ اَتھ
شاسترس منٛز اَکھ لوکُٹ حِصہ یتھ منٛز آگم شاسترکۍ اصوٗل فلسفہٕکِس
نظریس منٛز وَننہٕ آمتۍ۔ وۄنی وَنوٚ اَسۍ گۄڈٕ پرتہٕ بھِجنیا دَرشنٕکین آچارِین
مُتعلق۔ اَمہِ پتہٕ ماوو یہِ شاستر (پرتہٕ بھِجنیا) کیتھہ پاٹھۍ آو ترتیبس
منٛز ویرٛتھناونہٕ۔ یہِ فلسفہٕ چھُ انسانہٕ سٕنزِ زِندگی ہِندِین مسلن ہِندِ اکھ اہم
حل یِمہِ سیتۍ سۄ دُنیایی ترقی ہِندِس ما دانس منٛز برٛونٛہہ برٛونٛہہ پکان چھُ۔
یِہ وَنوٚ اَسۍ یِمہِ کتابہِ ہِندِس برٛونٛہِمِس بابکِس منٛز۔ (پرتہٕ بھِجنیا فلسفچ قدر)

## پرتہٕ بھِجنیا شاسترکۍ آچارِیہ

### (۱) سومانند

پرتہٕ بھِجنیا فلسفکِس سوکولس چھُ ہِندوستانہٕکِس فلسفس منٛز اَکھ

تہٕ مَرن کالک چھُکھنہٕ سوالے دوہ تھان ۔ اَکہِ حوالہٕ مُطابِق اوس یہ سوامانندُن
ژاٹھ تہٕ نیٚچو ۔ مگر یِمنہٕ پرٚتہٕ بھجنیا کارکایہٕ مٚنز چھُ یہ وَنان زِ بہٕ چھُس اُدیاکر
سُنٛد نیٚچو ۔ تحقیقاتہٕ تٕلہٕ چھُ ترٛان فِکرِ زِ یہ اوس اَکھ کٲشُر یُس اَہمن یُس
دُکالی شرِی پُرس نزدیک روزان اوس ۔ اَتھ چھُ وَنی کینٛس کیلاش پور
وَنان ۔

اُمہِ سٕندی مشہور تصنیف چھےٚ یِم :

(۱) پرٚتہٕ بھجنیا کارکایہٕ چھےٚ پرٚتہٕ بھجنیا فلسفُک خاص کتاب (Text)

(۲) سیدہ دِیہ ترٛبی ۔ اَمہِ فلسفکس مضمونس پیٹھ چھےٚ یِمہٕ ترٛے لٔکچہ کِتابہٕ
یِمن ترٛین کتابن ہُنٛدی ناو چھےٚ یِتھہٕ پٲٹھۍ : اجڈ پرماتر سیدہ دِیہ ایشور
سیدہ دِیہ تہٕ سمبنٛدھ دِیہ ۔ یِمو علاوٕ چھےٚ اُمو یِمنٛس گوڈہ پٮ۪ٹھ سوامانندنہٕ شیودرشٹ ہٕنٛز ورتہٕ
(Gloss) تہٕ یِمہٕ یِمنہٕ پرٚتہٕ بھجنیا کارکایہٕ ہٕنٛز ورتہٕ تہٕ لیٚچھمٕژ ۔ مگر یِم دوشوٕے ورتہٕ
چھےٚ نامُکمل پیٚچھے مژ ۔ اُتپل دیو ہو کیتہٕ بو تٕلہٕ چھُ نشان زِ پرٚتہٕ بھجنیا
فلسفہٕ کو تاہ اہم تہٕ کو تاہ تھوٚد چھُ ۔ یِہِ کو تاہ عام اِنسانہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ فایدٕ مٕنٛد
چھُ ۔

سوامانندُن شِشِ آسنہٕ کِنہٕ میکو اُسی یہ وَنِتھ زِ اُمو سنٛز ادبی مرگرمی
ہُنٛد دور اوس نوٚیمہِ صدی ہُنٛد اَنٛد تہٕ دٔہمہِ صدی ہُنٛد گوڈ ۔

۱ جنیشیہ ایتنہٕ سیدھیر تھم اُدیاکر سونا

۲ ایشور پرٚتہٕ بھجنیئے یم اُتپلینو پیادِتا

(پرٚتہٕ بھجنیا کارکا)

وُنی کینٛس یُتھ پأٹھۍ بوزنہٕ یوان ۔ البتہٕ تِرٛۄٹھبیو خانداںکۍ کینٛہہ گرٕ چھہ سوپورٕ
منٛز وُنی کینٛس تہٕ روزان ۔ باسان چھُ زِ تِرٛۄٹھبیو ناو چھُ "ویٖرمب" ناوُک
بگڑیومُت روٗپ ۔ امہٕ کِنہ چھُ اَسہٕ باسان زِ وُنی کینٛہ یہ تِرٛۄٹھبیو خاندان
کو تاہ خوش نصیب چھُ ۔ یِمہٕنٛد مذہب وُنی کینٛس اِسلام چھُ تہٕ یِمہٕنٛد
اکھ پرٛون بُزرگ چھُ کٔشیرِ ہُنٛد اکھ حقدار پایک دانشمند تہٕ فلاسفر اوسمُت
سومانٛند چھُ پانہٕ وَنان زِ آگم شاستر کۍ گُنتوٗہ سید چھہ پُشت در پُشت
اَسہٕ میتہٕ تہٕ تِمن منٛز چھُس بہٕ آخری سید ۔ گوڈنکۍ پنٛداہ سید اوس
کیلاش پربتس پیٹھ روزان ۔ گوڈنیکس سیدُنٛد ناو اوس دُروا سا مُنی ۔
یہ اوس تِرٛیمبکادِتیہٕ نِہ خاندانک یِتھ سینٛدِس ناوس پیٹھ سومانٛندنہٕ خاندانک
ناو "تِریمب" اوس ۔ اُمی سُنٛد اکھ جد اوس یُتھرٕ آہم سید سنگمادِتیہ کیلاش
پربتہٕ پیٹھ کٔشیر روزنہٕ آمُت ۔ سومانٛد تہٕ گوَ اُمی خاندانک ۔ یِہندٕ پأٹھۍ چھُ
اَسہٕ سومانٛندنہٕ کِتابہ "شِوٛ دِرشٹھی" منٛز اکیُک تذکرہ میلان ۔

## سومانٛدنی تصنیف

(850-900 ء)

اُمی چھےٚ "شِوٛ دِرشٹیہ" ناوِچ کِتاب لیچھمٕژ یوسہٕ فلسفس پیٹھ
اکھ حقدار پاریج کِتاب مانٛنہٕ یوان چھےٚ ۔ یِیمہٕ کِتابہ کِنہ چھُ سُہ سیٹھاہ مشہوٗر
اَمہٕ علاوہ چھےٚ اُمی اَکہ پیٹھ ینٛنہٕ وِرتیہ (GLOSS) لیچھمٕژ ۔ بییہ چھےٚ
پراتِرشِکا وِرتیہ لیچھمٕژ ۔ مگر یِمہٕ چھےٚ نہٕ گوڈٕ پیٹھ میلان ۔

## ۲) اُتپل دیو

900 سے 1000

اَسہٕ چھُ اُمی سٕنٛزِ زِندگی مُتعلق سیٹھاہ کم پتاہ ۔ اُمی سٕنٛدِ زاکالُک

آسہٕ کینژ اُس تمہِ شرٕ مشہوٗر سأدی پےٚ ہندستانس منٛز بٕچھہلیمہِ کشیٖر ہندِس مشہوٗر راجہٕ للتادتین (725-761 A.D) کوٚر یشووٕر ماہس پیٚٹھ حملہٕ اتھ گیٚت سُنٛد عٔلمہ سیٖتہٕ متأثر سپدِتھ کوٚر کینژہہ کال گرٛ مٕہ سیٚتہٕ للتادتین تس کشیٖر ینٛنہٕ خأطرٕ استدعا۔ آخرٕ آوٕ سُہ تٔمۍ سٕنٛدِ وننہٕ موجوب یوٗرتہٕ تمہٕ سُنٛد لسنہٕ بسنہٕ خأطرٕ دیُت راجن نِبتا نٔشہٕ متولہ کس

ہندِس اندۍ پکھٕ تس جاگیر۔ تتہٕ آیہٕ تٔمۍ سنٛدِ خأطرٕ اکھ شأہی مندٕ بناونہٕ۔ یہ مندوٗر اُس للت پور کِس گامس منٛز (بٔتھ وُنی کینٛہہ لیٚتہٕ پور وَنان چھِ) ابھنوگیٚت سُنٛد بُڑبُب اوس وراہ گیٚت۔ اُمہِ سُنٛد وقت چھُ ذیٖمہِ صدی ہُنٛد گوڈٕ کال مانہٕ یوان۔ وراہ گیٚت اوس عألم تہٕ شوٗ بھگت۔ اُمہِ سُنٛد نیٚچو اوس نرسمہ گیٚت۔ نرسمہہ گیٚتنس دوٚیمہِ ناو اوس چکھہ لک تہٕ بچکھہ لکن پیٚتھر اوس ابھنوگیٚت۔ سُہ تہٕ اوس درشن شاسترٕ … زانن وول تہٕ شوٗ سُنٛد سیٚٹھاہ بھگت۔ سۍ نہِ شاسترن پیٚٹھ اوس تس سیٚٹھاہ کمال۔ ابھنوگیٚتنہٕ ماجہ اوس ومل کلا ناو۔ تمہِ سُنٛد سوٗبا و اوس مُٹ تہٕ سوٗ اُس سیٚٹھا درمانما۔ اُمۍ سِنٛدِ پرواژک ماحول اوس سازگار۔ اۍ کینژ آو ابھنوگیٚت جان پاٹھۍ رچھنہٕ۔

## یوگنی بھوٗ

ابھنوگیٚت اوس یوگنی بھوٗ۔

شیٚو شاسترٕ موجوب چھُ 'یوگنی بھوٗ' تھٔد درجک انسان مانہٕ یوان۔ 'یوگنی بھوٗ' سُنٛد اولاد چھِ روٗحأنی ینتس منٛز سیٚٹھاہ کمال ہاوان۔ دپان چھِ یوگنی بھوٗ شرٕ عقل چھُے سیٚٹھاہ تیز آسان۔ تمہِ سُنٛد عٔلمک

# آچاریہ اَبھنوگُپت

سنسکرت اَدبس منز چھہ اَسہ کینٛہہ بیٚتھۍ مُصنف میلان یِمو پننہ زندگی مُتعلق کینٛہہ تہٕ چھیٚنہ لیوٗکھمُت تہٕ یِمہٕنٛد زٕیوٗن مرٕن بیتر چھہ ڈوٗنہ تہٕ اَنہ گَٹس منز۔ کالِداس۔ بھاس بیتر تخلیق کار چھہ اَکھ وۅرکس منز پۅان۔ مگر آچاریہ اَبھنوگُپت چھہ اَکھ منز مچھہٕ۔ اَمہِ چھہ پننہ زِنٛدگی حال پننین دۅن تخلیقن منز دِیُتمُت ——— تنترالوکس تہٕ پراترِشِکا وِوَرنس منز۔

نٕہ اَبھنوگُپت: اَکھ اوس آسامک روزن وول تہٕ بیٚہ اوس شاکت۔ اَکھ کینٛہہ چھِہ اَمہِ بادرایَن سِنٛدِس ویدانت سوترس پیٹھ شاکتہٕ نظریہ مُطابق شاکتہٕ بھاشیہ لیوٗکھمُت۔ یہ اوس شنکر آچاریہ سٕنٛدین اُصولن برخلاف۔ ۔ ڈیان اَکہِ پھیرِ سٕنٛد اَمِس آسامس منز شنکر آچاریس سیٚتھ شاسترارتھ (علمی بحث) نتیجہ ڈراو یہٕ زِ شنکر آچارین پیٚیہ ہار تہٕ شہ نبیو اَمی سُنٛد شیشن تہٕ آسامس اَبھنوگُپتس میوٗل آچاریہ پد۔ مگر کٔشیرِ سٕنٛدین اَبھنوگُپتن تہٕ اَمہِ سٕنٛدِس زاکالس منز چھہ ٹاکہ بگ دوٚن صدی یَن ہُنٛد پھیٚر

## اَبھنوگُپت سٕنٛدی بزرگ

اَتر گُپت اوس یِمہٕنٛد بزرگ تہٕ اوس مدھیہ بھارتس منز قنوجہ کِس راجہ یشووَرما سٕنٛدِس عہدِحکومتس منز روزان۔ شیوشاسترس منز ماہر

اَوتار تہٕ مانان۔ پتہٕ اَمِس وقتس منٛز ہرگاہ اَزکۍ پاٹھۍ اَتہٕ گژھتِ کو زریہ اَسۍ تہٕ۔
اَکہ جاے پیچھ بیٚٹھِس جاے گژھت اوس سیٹھا کرٕ مۆت۔ مگر یِمن حالتن منٛز
تہٕ کو اِھنو گیٚت پنُن دیش ترٛاوِتھ نیمت۔ یِتہٕ تِمو ییٚنِس گیاٚنس تہٕ عُلمس
گۍ لِنو کۆرٕ تہٕ شاستٔرن کیان گۆڈنِ اَمہِ کنۍ اوس یہ تِمو شُند نظریہ موٚحدٕ
ہرگاہ تِمس اَس درشن شاسترن (فلسفن) پیٚٹھ سیٹھاہ مہارتھ
ییٚنہٕ سپد پرٛتھ مگر اَمِس اوس نہٕ اَتھ پیٚٹھ تسلی۔ یہ اوس پنٕنہٕ زندگی منٛز
دارمین موضوعن پیٚٹھ سۆن مطالعہ کرُن یژھان۔ دراصل اوس
اَمِس تحقیقُک رُجحان (Tendency) لۆکہٕ چارِ پیٚٹھ یا دسیدلوٚ مُت۔
بیٚون بیٚون موضوعن پیٚٹھ مہارتھ حاصل کرِتھ اوس یہ نو تخلیق یِکھُن
یژھان۔ اَمہِ کنۍ پٔرۍ اَمہِ دار یاہن گورن نِش اَنیکہ شاستر تِمو کوٚر
جالندرس منٛز موکن دارِس تٔری شمبھو ناتھس نِشہِ کول سمپردایُک (Cult) (اَستہ)
گیان حاصل تہٕ تِمو سِنٛدہِ اَتہٕ کرٕ مہٕ (عنایت) سِنٛز سپدِ تِمس آتمہٕ گیان تہٕ
حاصل۔ یِمن آچارین نِش تِمو مختلف مضمون پٔرِتھ تِہنٛدۍ ناو چھہِ یِم:

(۱) نرسمہہ گُپتس (حالِس) نِش۔ وِیاکرن (Grammer)
(۲) وام ناتھس نِش۔ دۆیت تنتر
(۳) بھوتی راج تنیس نِش۔ ادۆیت شیو درشن۔
(۴) بھوتی راجس نِش۔ برہم وِدیا
(۵) لکشمن گُپتس نِش۔ کرم تہٕ ترِک درشن۔
(۶) اِندُراجس نِش۔ دھونِ (Suggesting Poetry)
(۷) بھٹہ توتس نِش۔ ناٹیہ شاستر (Dramaturgy)

شُہر چھُ سیٹھاہ وُسی آسان۔ اَمہِ کِس چھِ شُہ منٛزٕ کاڑٕ چار وزٕ وزٕ ہاوِتھ لوکَن متأثر کران۔

# ابھنو گپتُن لوکہٕ چار

ابھنو گپت سٕنٛزن دوٕن تخلیقن منٛز چھُ اَمِیُک تشخید ناکال نٔشانہٕ (۱) بھیرو ستوتر تہٕ (۲) کرمس توترم۔ بھیرو ستوترکس بوٗژ یِس شلوکَس منٛز چھُ اَمِیُک تمہِ سٕنٛد وفاتُک پورٕ پتاہ میلان۔ مثلن:

"وسُر سہ پوشے گرشنہ دشمیام ابھنو گپت سنوم اِدم اکروت۔"

اَمہِ شلوکہٕ مطابق آو بھیرو ستوتر شہ سموت ۴۰۹۵ تہٕ عیسوی سنہٕ ۱۰۱۵ اَمِس منٛزٕ تمِہ تخلیق کرنہٕ۔ زانٛت آسہ اَمہ برونٛہہ یانے ۹۵۰ یا ۹۶۰ کِس عیسوی سنس منٛز۔ دپان چھُ لوکہٕ چارس منٛز کٕ شہ اَمِس مقامی وِدیا منظرس تہٕ اُتھی منٛز سپدُن پنُن جوہر۔ بیٚیِن طالب علمن ہنٛدِ کھعوتہٕ سپدو اَمی سیٹھاہ کمال تہٕ پننِو قابلیتہٕ گرٛٲن نٔنی۔ تمہٕ اَمی نتیجس پیٚٹھ نظرِ وُچھان۔ لٔڑکہٕ اَمی تِمس مٔرکہِ پیٚٹھ یا اُتھی کھوژان۔ تِم اَمی تہٕ ابھنو گپت سٕنٛدِس علمی قابلیتس برونٛہہ کنہ نتیجہٕ یا اُتھی دزان پتھ یا اُتھی پیٚٹھ برونٛہہ کنہ زونگ چھُنہ دٔرِتھ ہیکان۔ اَمہِ وجہ سٕتۍ اَمِس پننِو گوہرو۔ آچار یہ پد (عالمانہٕ ایزاز) یہ ایزاز دِتھ پتہٕ لیوکھ سارِہے مصنفو اَمی سٕنٛدِس ناوس سیٚتۍ یہ آچار یہ پد۔ کاوِیہ تہٕ کاشُر منٛز چھُ ممٹاچاریہ اَوٕ کینٛہہ ابھنو گپت یا دا چاریُن اِستاد کورمُت۔ سارِنے شاسترن منٛز مہارت آسنہٕ کِنہِ چھُ اَمِس ہوٗزٕ بی ہندستانس منٛز شیشہ ناگٕ

ژکباز اَمِس اوس پکہٕ کسہ ارادٕ۔ مٲج ہرِنہٕ پیتہٕ آو بجنو گپتس مٲرُس داراگ تہٕ شہ بنیو تپسوی۔ یہ واقع سپُد تیمہ وِز ییلہ ابجنو گپت پُران اوس۔ اَمہ واقہٕ کٕر اَثر پیوٚ اَمی سٕندِس کِردارس پیٹھہٕ تہٕ اَمِس لٔج شمنس گٔژلے تہٕ نیبِچھرنہ کرنک یانے بُرہمہ چٲری روزنک کوٚرُن پکہ ارادٕ۔ اَمہ قسمچ وٲرٲگی زندگی دِیِت اَمِس اَکھ نوٚو بَل۔ آگم شاسترن مُنٛد گیان حاصل کرنہٕ خاطرٕ گوٚس اَمہ کین آچارین نِش۔ اَمو سٕند تنترالوک، چھ تاکارٕ پاٹھو واننہٕ یِوان — اَمِس کوٚتاہ اوس آگم شاسترن مُنٛد سوٚن گیان۔

## تپسوی وقت

سازگار حالاتو بناو اَمِس زندگی پوٚختہ۔ یِمہ کامہ خاطرٕ اَمو دِس تلمحت اوس سوہ کام واتناوِن اَند۔ مذہبی روایتن تہٕ یوگا بھیاسن بُرہمہ چَرین۔ حسبدن۔ یِمو بناو اَمو سٕنٛز زندگی سیٹھاہ بلند تہٕ اَمو سٕنٛز روٗحانی زندگی دِژ کھوٚت ترقی۔ پننس وقتس اوس یہ تنتر شاسترُک ژیالیاہ دوہو (suggested element) منٛد تہٕ النکار شاستروک بوڈ عالِم مانِنہ یِوان۔ روٗحانیتس منٛز تہٕ کوٚر اَمو سیٹھاہ کمال تہٕ یِمو درشنس منٛز مشہور ترین متن: کرمُس۔ نرکس تہٕ کولس پیٹھ چلوو اَمو کٔش کٔڈٕتھ قلم۔

لکشمن گپتن چھوہ یہ پرتیہ بِگیا یہ منٛد میوٗ لٔڈرس۔ اَمی ییچھنو وِیہ کرم درشن تہٕ۔ اَمہِ ذکر چھے جیہنٛد رٔتن تنترالوکس پیٹھ پننہٕ ٹیکایہ منٛز کرمٕژ۔ روٗحانی تجربن ہنٛز لیس تمی گوڈٕ نیچ کتاب پٔژ۔ تمہ چھہ ناو کرم مارگ۔ اَمہ پتہٕ لیوٚد اَمی یہ درشن تہٕ کوٚرُن صحی پاٹھو اَتھیک مطالہ۔




اَمہ علاوہ ییمَن آچارین ہِنٛز اَمو گیانس متعلق تبادلہٕ خیال کوٚر۔ تم چھِہ

یِم : (۱) شری پیندر (۲) یوگانند (۳) چندر ورد (۴) اُبھنند (۵) شوبھکنٹھ

(۶) وچترانائکھ (۷) شِو (۵) وامن (۶) اُدبھٹ (۷) بھوتیش (۸) بھاسکر

(۹) دھرم۔ (۱۰) بھکتہٕ ولاس۔

# خانٛدانٛک ماحول

اَمو سَندِس پرِوارس منٛز اوس مائیس ماجہ علاوہ اَمس اَکھ پیٚتر

بیٚہنس وامن گیُت ناو اوس تہٕ اَکھ لوکٹ بوے منورتھ تہٕ پانٛژھ پیتٕر

بأے۔ کشیم۔ اُپنل۔ اَبھنو۔ چکرک تہٕ پدم گیُت۔ اَبھنو بھارتی منٛز

چھُ اَمو سَندِس پیٚترشند ناو گورن ہنٛدِس فہرستس منٛز میلان۔ اَبھنو

گیُتن چھُ پنٕنِس پیٚترشند تذکرہٕ کوٚرمت۔ پیٚتہٕ سیتو اَسہ یہ پتاہ چھُ

لگان زِ تمو آسہ ہے کاویہ شاسترس لیو کھمت۔ تکیازِ اَمو شنہ بوے اوس

واریاہن شاسترن ہنٛدزانن وول۔ اَمو سَندِ پیترو بابِہ منٛز کشیم

راجن لیچھوٚپ سَند نِرنے تہٕ بِیِہ کینٛہہ تخلیقہ۔ اَمو سَندِ پیترِ بأے اَسہ

سیٚڑاہ پرِہ پیتو لیکھو ہنو۔ اگر اَسہ زِ اَمہ جاہ سان وچھیو تہٕ اَسہ چھُ

یہ نِشان زِ اَمو شند پرِوار اوس سیٚڑاہ پوٚرمت لیو کھمت تہٕ شِو

بکھِتو تہٕ۔

خانٛدانکہ سازگار ماحولک اثر پیو اَبھنوگیُتنس دماغس پیٹھ۔

ماجہ ہنٛدِ ترییمَن بناوِ ابتہٕ زندگی میٹھ تہٕ اَمو سَندین سمسکارن یم (im-

pressions) دِتُن پوچھِر اگر اَمس لوکچارے مائج سورگہ واسس

پیٚپہ مگر تو تہٕ آینہٕ اَمو سَندِس شاسترہ گیان حاصل کرنس منٛز کانٛہہ تہٕ تبدیلی

## أمُہ سُند مرُن

وَنِہٕ چھُہ یِوان زِ ماگامہٕ پیٹھہٕ پانژدہ میل دُور بٔھیرُو گومپہٕ منز چھُہ اَبھنوگُپت باہ ساسَس ژاٹھہٕ ہیتھ — شِوٕ سُند سٕنوتر پران پران ژامُت تہٕ تَتہٕ چھُنہٕ واپس ڈرامُت۔ یِتھہٕ پاٹھی چھےٚ یہ کٔشیرِ منٛز شرفہٕ تہ (اَفواہ ژَھہ پارہ)۔ دَپان اَمہ گومپہٕ منٛد گوٚل اوس یِتھہٕ کالہٕ سیٹھاہ کھوٚل تہٕ پیتہٕ گو اَمیُک گوٚل پانے بنٛد۔ یہ کتھہٕ چھےٚ کانٛہہ چیٚنٛدر پانٛڈے ین اَکِس بُزرگ مُسلمانس نِش ماگامہٕ بوٗزمٕژ تہٕ یہ چھِن اَبھنوگُپتؔ ناوِچ کتابہِ منٛز لیچھٕمٕژ مگر یہ دلیل چھِچَھنہٕ ثِقہٕ۔ اَمہ کتھہٕ ہُند تواریخی ثبوت چھُنہٕ اَسہ میلان۔ حاراٗنی ہنٛز کتھ چھےٚ یہ زِ کلہن تہٕ چھُنہٕ راج ترنٛگنی منٛز اَمِس اَبھنو گُپتس مُتعلق کینٛہہ تہٕ لیکھان۔

## اَبھنوگُپتُن تصنیف [1]

(۱) بودھہ پنچادِشِکا

(۲) مالِنی وِجے وارتِک

(۳) پراتِرِشِکا وِوَرَن

(۴) تنتر آلوک۔

(۵) تنتر سار

(۶) تنتر وَٹہ دھانِکا

(۷) دھوٗنیا لوک لوچن

(۸) اَبھنو بھارتی

---

(۱) اَتھ چھُہ اَزکل دِیروٗ، وَنان۔

اٰخرس میچھ کوٚر اٰمۍ کوٗل سپٕرد، یپٕہ کِس گوٗرس شمھجوناتھس خراج عقیدت پیش یُتھ زِ اٰمۍ سمپرداین (cult) دِژ اُمِس پوٗرٕ شانتی تہٕ تسلی۔ وَنان چھِ زِ سنتر الوک لیکھنہٕ برٛونٹھ اوس اٰمۍ شری شمھجوناتھنہٕ وٕہ پدیشہٕ سینٛز پرم پیٛتوٗ تھ دٔرشُن کوٚرمُت۔ شہ چھُ اَمہٕ کِتھ ہنٛد یانۍ نِسبر کران تہٕ تنترا لوکہٕ چہ گوٚڈٕ کِنِتھ مَنٛز وَنان یہٕ

' پرماریتھ سارٕ' کہٕ اٰخری شلوکہٕ سینٛز چھُ یہٕ فِکرِ تَران زِ ابھنو گُپتن اوس رٕوحانی یِنکٕ خصوٗد کیٛاہ حاصِل کوٚرمُت۔ کینٛہہ عالمِ چھِ اُمِس بُجیرو' سٕنٛد اوتار مانان۔

جبہٕ رُخصتن شری پرٛورٕ شاسترس مَنٛز ییٚم پانٛژھ آشنا روٗزِ متی چھِ تِم چھِ صرف ابھنوگُپتس مَنٛز میلان۔ تِمٕ سینٛدِ وقتہٕ کین ہم عصر فلسفہ دانن تہٕ النکار شاستر کین ماہرن مَنٛز چھِنہٕ تِم نیٚنہٕ یِوان۔

اٰمۍ سینٛزِ روزنہٕ جایہٕ مُتعلِق چھےٚ بیوٚن بیوٚن رایہٕ۔ ابھنوگُپتنۍ روزَن جاے چھےٚ گنٛز گونٛڈٕ یا گُکّل گونٛڈ مانہٕ یِوان۔ گونٛڈٕک ایشپر ہُش چھُ کیٛت۔ مگر اَتھ رایہٕ سیٚتۍ چھِنہٕ کینٛہہ مُتفق۔ اٰخرس مَنٛز چھےٚ پرٛورپرٕچ ذِکر میلان۔ ' دِتستا رودہٕ سیہٕ' یانۍ وِیتھ بٔٹھس پیٛٹھ بٕچھہٕ ضِمی باسان۔ اَتھ کِنۍ چھےٚ شیٚپتا نِشہٕ مولہٕ' کِس مندرس نِش اٰمۍ سینٛز روزَن جاے مانہٕ یِوان۔ مالِنۍ وِجے تنترس مَنٛز چھُ لیکھِتھ زِ اٰمۍ سینٛز زاجاے اُمِس پرٛورپُر'۔ اٰمۍ اوس پننِس پُشتینی گرس مَنٛزے پنُن مولُل لوٗکھیا گُزوٚرمُت۔

(۳۰) بھیدواد وِدارن

(۳۱) دیوی ستوترِ وورنہ

(۳۲) تَنتوا دَھو پژکاشِکا

(۳۳) شِوشکتیہ وِنابھاوستوتر

(۳۴) ریمب پژتر ریمب واد

(۳۵) پرمارتھ سمگرہ

(۳۶) اُنُترٚ شَتکہ

(۳۷) پژکرن ستوتر

(۳۸) ناٹیا لوچنہ

(۳۹) اُنُترٚ تنتو وِمرشنی وِرتیہ

## ابھنوسِندی دَرشن ستوتر

(۱) انہ تُرا شِٹکا

(۲) پرمارتھ دوا دشِکا

(۳) مہو پدیش وِمشتِکم

(۴) پرمارتھ چرچا

(۵) کرم ستوترم

(۶) بھیرو ستو

(۷) دیہہ ستھہ دیوتا چکرہ ستوترم

(۸) انُبھو نِویدنم

اَمہ علاوٕ چھےٚ ابھنوگُپتن واریاہ کِتابہ لیچھمٕژ یِمن ہُند حوالہ اَمی

(۹) بھگوت گیتا نارتھ سمگرہ

(۱۰) پرمارتھ سار

(۱۱) ایشور پرتیبھ ابھجیا ومرشنی

(۱۲) ایشور پرتیبھ ابھجیا وِورِتی ومرشنی

(۱۳) کرم ستوتر

(۱۴) پرمارتھ دوادشیکا

(۱۵) پرمارتھ چرچا

(۱۶) مہوپدیش ومشتیکا

(۱۷) انتر اشٹکا

(۱۸) انُبھو نویدنا

(۱۹) تنتروچیہ

(۲۰) گھٹ کرپر کلک وِورِتی

(۲۱) کرم کیلیہ

(۲۲) شیو درشٹی - آلوچن

(۲۳) پریَنت پنچاشکا

(۲۴) پرارتھ پرویش نرنے ٹیکا

(۲۵) پرکیرنک وِوَرن

(۲۶) پرکرن وِوَرن

(۲۷) کاویہ کوتک وِوَرن

(۲۸) کتھا مکھ تلک

(۲۹) لگھوی پرکریا -

کوہ ڈنیک حصہ چھُ پوٗرٕ تنترالوکُک ژھوٹ موٹ مواد پیش کرانہٕ۔ دوٗیمس
حصس منز چھےٚ اَنُہ پایس مُتعلق وٕکھنے کرنہٕ آمُت۔ اَنُہ پایُک لفظی مانے چھُ
پایہ روٗس یا نے Processless means ۔ امیُک تشریحیہ ژوٗرِم
نہٕ پیٹھٕ تُم چیپٹر چھُ شامبھو اُپایے، شاکتہ اُپایے۔ آنو اُپایے۔ ریمن
ترٚین ووپایَن مُتعلق زان کرناوان۔ تِہ کہ یِمَن مُطابق چھہ یِم آخری موکھشی
(Emancipation) حاصل کرنہٕ خاطرٕ الگ الگ ترٚیے ووپایہ
یا طریقہٕ۔ آخری حصس منز چھُ آ جنوگپتنُن زاحال تہٕ لیکھتہٕ۔ امہ علاوٕ
تنترالوکس منز یِمَن نون کتن پیٹھ بحث کرنہٕ آمُت چھُ تِم چھہ یِم:

1. The cause of bondage.
2. The way to freedom.
3. What is knowledge as distinct from ignorance.
4. What is Mokṣa according to the Trika.
5. Conception of Mokṣa of other Schools.
6. What is the ultimate reality of the objective world.
7. The process of manifestation of the Universe.
8. The ways to realisation of

پننین تخلیقن منز ڈیٹ مُت چھُ۔

ڈاکٹر کے۔ سی۔ پانڈے ہُن چھےٚ ابھنو گُپتنو اکتاجی کتابہِ مانز ہُنز پھنُز ذکر ہیٚر کنیہ کرتھ آیہِ۔ پرتہ بھجنیا فلاسفی پیٹھ مشتمل اُمو پنٚدین تخلیقن منز چھےٚ زِ مشہور ٹیکا یہِ اُمہ ایشور پرتہ بھجنیا کارکایہِ پیٹھ میلان۔ اُکس چھُ ایشور پرتہ بھجنیا وِورتہِ وِمرشنی ناو تہ بیٚیس چھُ ایشور پرتہ بھجنیا وِمرشنی۔ تنترالوک، تنترسار، پرمارتھ سار۔ مالنی وِجے وارتِک۔ پرانز مِنٚکا وِورتہ تہ بھگوت گیتا۔ رٚتھ سمگرہہ چھےٚ اُمو سٕنٛز ٹھیکہ لایق کامہ۔ فلاسفی منز یہ اُمی سٕنٛز مشہوری ڈُنی ییٚتس منز چھےٚ سعہ چھےٚ زیاد تر ایشور پرتہ بھجنیا کارکایہِ ہنزن دون ٹیکاین کنی۔ لوکٹ تشریح چھےٚ لگھو وِمرشنی تہ زیٚٹھ تشریح چھےٚ بٕرہتی وِمرشنی۔ اُتپل دیون ایشور پرتہ بھجنیا سوترن پیٹھ وِورتہ (GLOSS) لیچھمت تمہ پیٹھ کرٕ ابھنو گُپتن۔ ایشور پرتہ بھجنیا وِورتہ وِمرشنی یانے اَتھ کرٕن پننہِ انداز تشریح۔ اُمو سٕنٛزن تہ بٕرہتی وِمرشنی چھےٚ واریاہن نوکتن ویٚژھناو تہ امیکہ مانے ٹھیکہ پاٹھو فِکرِ تاران۔ لوکٹ وِمرشنی چھےٚ تیُتھ مشہور تنترالوکُک لفظی مانے چھُ۔ تنترن ہُند پرکاش۔ یہ چھےٚ ابھنو گُپتنی اَکھ بٔڈ بارٕ تہ اہم تخلیق۔ یہ چھےٚ واریاہن حِصن منز لیکھنہٕ آمُژ۔ اَتھ منز چھُ سارنے ادوٕیت آگمن ہٕندین پہلوہن پیٹھ وِستارسان لیکھنہٕ آمُت۔ اَتھ منز چھُ فلسفی یانہ مَوادس تہ کرمہ کانڈس (Ritual) پیٹھ تہ دل دِنہٕ آمُت۔ اَتھ منز چھُ ستہ ترٕیہ (۳٧) سیٹھا بٔڈ چیپٹر تہ کُل پم تقریباً سارِی حِصہ چھِ کشمیر شیو ازم ٹیکسٹ سیریز منز (KSTS) چھپیمت۔ پرتہ بھجنیا شاستر کِ فلسفی یانہ موضوعن پیٹھ چھِ یم حِصہ مشہور کٔرِ۔

× تنترالوکس باب ۵ [illegible] ×

(١٠) بمب پٔتہٕ بمب وادٕ

(١١) سانکھیہٕ تتوٕ تنٛ (عُنصرن) سینٛز پُرشہٕ تتوٕ تہٕ پرکرتھ پرتھوی
تتوٕ تنٛ مُقابلہ۔

(١٢) شیون ہنٛد مُطابق کائناتس منٛز عالم

(١٣) شیو کرمہٕ کانڈ

(١٤) زاحانک تذکرہ

یہ کتاب چھےٚ منٛدرسینٛدِ گرٛیلِکھنہٕ آمٕژ۔ یہ کتاب لچھی اُو
منور بھ (یہ اوس اُمِس کوٚشُرھ بوے) منٛدرنہٕ رام کیٛنت سنٛدس
ژَھنٛس پیٹھ۔

تنترسار: چھےٚ اکھ لوکُٹ کتاب یوسہٕ نثرس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ
چھےٚ۔ یہ چھےٚ تنترالوکچ لوکٕٹ سمری (Summary) ابھنوگُپتن
یہ تنترالوکس منٛز یِمہٕ زیٹھین بہرن منٛز مطلب وون۔ تنترسارس منٛز وون
تمی ژھوٚٹ پاٹھی تہٕ سہل زبانی منٛز۔ تنتروٹہ دھانکا۔ یہ چھےٚ سیٹھاہ
لوکُٹ تنترالوکچ سمری (Summary)۔

پرمارتھ سار۔ یہ کتاب چھےٚ ترکہ فلسفکین اہم اصولن پیٹھ
مُشتمل۔ یہ چھےٚ اکیک زاوہ حار تہٕ ہاوان۔ امہ منٛز چھہ ترکہ گرمس تعلق
اکھ ہتھ شلوک یِم آریاچھنٛدس منٛز لیکھنہٕ آمتۍ چھہ۔

" آریاشتین تدادم سنکلپتم شاسترسارم
اتہ گوڈھم۔"

یہ چھےٚ گوڈنیتھ ایل، ڈی، برنیٹن اکس رسالس منٛز چھپاومُژ
امہ رسالک ناو چھہ یہ:

the ultimate reality.

9. The points of difference between one way and another.

10. Bimba pratibimba vada.

11. Comparison of the Tattvas from puruṣa, to pṛthvi with those of the sankhya.

12. The worlds in universe as conceived by the Śaivas.

13. 'Saiva rituals.

14. Autobiographical touches.

(١) بنِدٕ بمُک وَجہ

(٢) مُعہ کلَن پاے

(٣) اَکِیا پٔنِنش بتٕوٕن گیان کیا گو

(٤) تِہٕ کِہ مُطابق مو کھتی کیا گیہ

(٥) بٕیٚیو سوٗکو لو مُطابق مو کھتی ہُنٛد تصور

(٦) یِیمہ دُنٛیہ ہُنٛد آخری حقیقتہ کیا چھے

(٧) کائیناتکہ ظہورُک سِلسِلہ

(٨) آخری حقیقتہ زانٛنچ وَتھ

(٩) یِمن دۄن شرنز فرق کیتھ یِمن ہُنٛد سُشتر چھُہ۔

---

Abhinavagupta by K.C. Pandey.
P.NO: 53

لایق کٲم۔ بھرت مُنیُن سُند ناٹیہ شاستر، بلکہ چھےٚ اَمیٚ اَبھنوبھارتی ناوچ ٹیکا لیچھمٕژ۔ اَمیُک سُند مُدٕ، وِمرشنی لیکھنٕک اوس یُہے کِہ پَرتھ بھِجنیا سوتَرن، یِمَن مانے گۆژھ آم لُکن فکرِ تَرُن۔ بلکہ دٕوٲرِ تہٕ وِمرشنی (یِہِنٛدٕ تشریح چھےٚ) لیکھنٕک مقصد اوس اُتھل دِیُن سُند خیال صحیح اَندازس منز وِرژِھ ناوُن۔ دراصل پٔرتہٕ بھجنیا شاستر کوٚرٕ ابھنوگپتن نوٚ اَمی سِنٛدِ تشریح رۄس ہیکہ ہینہٕ کانٛہہ تہٕ امیُک اصلی مول

ڈھیچھہ پٲٹھو زانِنہ۔ یِمہٕ پٲٹھو آچاریہ ابھنوگپتن دِیُت

چھُ اَتھہ مادانس منز تحقیقُن لایق۔

## سومانٛدٕ سُن اختلاف تِمہ وقتہٕ کِین فلسفیاںہٕ نظرِین سیتی تہٕ
## نوٚ فلسفیچ بُنیاد

سومانٛد چھُ کِتابہ "شِودرِشٹی" منز چھُ نَنان زِ اَمی چھہ تِمہ وقتکین تقریبن سارِنے مختلف فلسفن سیتی ... (Opposition) حِمٲ کوٚرمُت۔ اَمی چھہ مُنحصر پٲٹھو بوٗدن۔ جینن۔ سانکھین۔ نیایکن۔ ویشےشِکن۔ وِیاکرن تہٕ ادویت ویدانت ین ہِنٛدین سوالن کھنٛڈن (Refute) کوٚرمُت یا یِمہ سوال چھِن رد کرِتھ ہیتہ۔

مطالہ کرنہٕ سیتی چھُ یہ نَنان زِ سومانند اوسہٕ پرمپرایہ منز آمتین دقیانوسی فلسفیو یانہٕ خیالن مانان۔ اَمی سِنٛد نظریہ کِنہ عظیم ہستی ہُنٛد تصور، انسان سِنٛز زندگی ہُنٛد مقصد، انسان ہُنٛد بیکھ دُنی یہس منز پانہٕ داۓ اکھ اُکس سیتی سوالوک تہٕ ورتاوٕ نباتاتک مداہ تہٕ بیٚین بیٚین زٕ اوٚر جن کنھن ہُنٛد تصور بدلیو۔ پرانہٕ وقتہٕ بیچھیٛم مروجہ بُیون بیون فلسفیو یانہٕ خیال

Journal of the Royal Asiatic
of Great Britain & Ireland
(1910- PP 707-747)

بگھوت گیتا رُکھ۔ سمگرٛہہ۔ یہٕ چھےٚ پرٛتہٕ بھِجنیا نظریہ مُطابق گیتایہٕ پیٹھ ٹیکا۔ یہٕ چھےٚ پیشبرٕ کو راجانک شری لکھمن جیٖن چھپاوِتھ تہٕ ایڈِٹ کٔرِمٕژ۔

ابھنوگپت سُند مالِنی وِجے وارتک چھُ مالِنی وِجے تنترکِس مشکل نظمن ہُند اکھ خُلاصہ۔

پراترمِشکا وِرن چھےٚ پراترمِشکا یہ پیٹھ اکھ تشریح تہٕ چھےٚ دٔر یامل تنترکِس آخری حصس پیٹھ واتھ لگوان۔ پراترمِشکا یہ منز چھُ وِیاکرن (Grammarians) ہُند پراہ بِشتی۔ دھیمانہٕ ویکھری یمن مُتعلق شیٖو نظریہٕ وَننہٕ آمُت۔

ابھنوگپت اوس اکھ ہٕنٛدٕ عالِم تہٕ شیٖو فلسفہ دان۔ اُمِس اوس سارنی شاسترن ہُند گیان۔ اَمہِ لیوکھ پرٛتہٕ بھجنیا فلسفس علاوٕ بیٚین بیٚین موضوعن پیٹھ تہٕ مثلن: ڈرامس، النکار شاسترس، جمالیاتس، کاویہ شاسترس پیٹھ۔ اَمہِ علاوٕ لیوکھ اَمہِ کرمس، تنترکس تہٕ کولس پیٹھ سیٹھاہ کینٛہہ۔ ابھنو گپت چھُ دۄن مضمونن پیٹھ سیٹھا ماہر تہٕ چھُ یمن پیٹھ اکھ اتھارٹی (Authority) مانہٕ یوان۔ یم زٕ مضمون چھِ۔ کاویہ شاستر (Poetics) تہٕ پرتہٕ بھجنیا فلسفہ۔ ایشور پرتہٕ بھجنیا کارکایہ پیٹھ اَمہِ ششٕر ٹیکا تہٕ تنترالوکس پیٹھ اَمہِ ششٕر کام چھےٚ سیٹھاہ معلول۔ آنندوردھن سُندِس دھونیالوکس پیٹھ یوسہٕ اَمہِ لوچن ناوٕ ریچ ٹیکا لیچھ سۄ چھےٚ اکھ ٹھیکھ

(ناوِیل) سکھم تہٕ اہم ستھ چھِہ (Doctrine of Tatvas)
اَمہِ خیالہٕ مۄجوٗب چھےٚ مہیشورس منٛز کٕرِیا شکتی (Universal-
Energy) یوٚسہٕ عالمہٕ کِس حقیقت کِس روٗپس منٛز بدلان چھےٚ۔ یہ چھےٚ
گۄڈٕ شیٚیہ ترٛیٚن تونَن (حقیقتن) ہٕندِس روٗپس منٛز یوان۔ یِہنٛد یانے
تونَن ہٕنٛدِ میلنہٕ کِنہِ چھِہ ساٗری پدارتھ (موروٗضن) (Objects) وجوٗدس
منٛز یوان۔ اَمہِ علاوٕ چھُہ یِتھہِ سۄ کوٚنہ تصوُر زِ یِتھ پاٹھۍ ایشور پننیو
پوٗرن (لامحدوٗد) شکتی یو سیتی برپوٗر آسِتھ چھُہ سمرتھ یا قابِل (Cap-
able) بنان تہٕ یِتھہِ طاقتہٕ کِنہِ سُہ زِ گتِکۍ مُختلِف پدارتھ (موروٗضن) وجوٗدس
منٛز انان چھُہ۔ تِتھےٚ پاٹھۍ چھُہ یہ زیو آتما (Individual Soul)
تہٕ اِچھا، گیان تہٕ کرِیا یِمو ترٛیشوے شکتی یو سیتی برپوٗر، یِمہ محدوٗد
چھےٚ۔ یِمو کِنہِ چھُہ یہ پننہِ محدوٗد زندگی منٛز تہٕ پننین تخلیقی کامین منٛز قابِل
بنان۔ پرتیہ بھِجنیا لفظُک مانے چھُہ زانُن۔ اَمہِ فلسفہٕ مۄجوٗب چھُہ اُکس
انسانہٕ شُدھ فرض یہ زانُن زِ بہٕ چھُس بجہٕ ہستی (Meheshwar
یانے مہیشور ہُنٛد اکھ زٕژ (Spark) تہٕ یِم تِمس منٛز شکتی چھےٚ، تِمے
شکتی چھےٚ مےٚ زٕرس منٛز تہٕ موجوٗد۔ یِمن زانِنہ سیتی ہیکہٕ بہٕ تِہٕنٛد
پننہِ زندگی منٛز صحی استعمال کٔرِتھ تہٕ پننہِ زندگی منٛز ہیکہٕ بہٕ پننہِ کامیابی
(سِدی) حاصِل کٔرِتھ۔ یہ پننہِ تہٕ پننین شکتی یَن ہٕنٛز زان کٔرِتھ کرتہٕ بہٕ
کُنہِ وجہہٕ کِنہِ غلطی۔ یوٚن کٕنہ کرو اسی مختصر پاٹھۍ تِمن فلسفن ہٕنٛد
تذکرہ یِم پرتیہ بھِجنیا فلسفس منٛز بنُن اہم مُقام تھوان چھِہ۔

أتھۍ تمن منز کوتاہ پور ؤداوس اُمۍ کرۍ یم ساری خیال نئو نہ بلکہ أمہ وقتکۍ مذہبی تہ فلسفیانہ
خیال کرِن درست کِنہٕ (Re-interpret) پیش تہ فلسفکس اُدٕ انس
منز اوٚتن اکھ نوٚو انقلاب۔ اُمیک نتیجہ سپُد یہ زِ أمہ ڈٔر اکہ نوٚو سوٚکوٚ پیچ
بنیاد۔ یُس مستقبلس منز پرتہ بھجنیا ناوکنہ مشہور تہ مقبول گو۔ اَتھ سوٚکوٚلس
منز اُنۍ اَمۍ ترانین سوٚکوٚلن ہنٛدۍ اہم نکتہ تہ قدر۔ خاص کر اُپنشدو منز
حالانکہ شیو مت وأدی چھنہ ویدِک فلسفکۍ تہٕ اُپنشدن ہنٛد فلسفک ڈیٚٹ
تسلیم کران۔

## پرتہ بھجنیا فلسفکۍ بنیأدی اوٚصوٗل (Meta-physical)

ہیٚمہ فلسفہ موجوب چھُ آتمن (Self) مہیشور (Supreme
Reality) یہ چھُ اکھ زانن والہٕ ہستی یانے سٲری کھٕ آگہی وول (Supreme-
Perceiver) ۔ اکھ ابدی حقیقت۔ اَتھ منز چھُ اِچھا (Will)
گیان (Knowledge) بئیہ کِریا (Action) شکتی (Power)
ہنٛد سواتنتر (Self dependence) عظیم زانن وول آسنہٕ
موجوب چھُ یہ بوٚڈ ہنٛد آگر (Intelligent Agency) یہ
اجنسی چھےٚ دوٚن روٗپن منز (۱) اَکھ گو زیو یُس موٚحدوٗد سوچن وول چھُ
(۲) بیاکھ گو ایشور یُس لا موحدود زانن وول چھُ۔ یہ عظیم ہستی مہیشور
چھُ وِشوٚتیرن (Transcendantal) یانے عالمہ کہ دأیرہ نبر پیٚلہِ تہ
ہستی ہیمہ عالمک روٗپ داران (اختیار کران) چھےٚ، یہ چھےٚ بنان وِشوٚ
(Immanent) اَتھ تبدیلی (state) منز ییٚنہ خاطرٕ چھُ گوڈنیچہ
شتیبہ ترِہن تونن (عنصرن) ہنٛد ارتقا سپدان۔ تو تھ گیہ بنیأدی حقیقتہٕ
(Primary Realities) سانِہ فلسفی یانہ تو تن ہنٛدرا اوٚصوٗل

विश्ववर्तीन

اَکھ زِ پوٗرُش ، ییٚمہٕ ہٕستی ہُنٛد اَکھ زٕرہ مانٛنہٕ یِوان چھُ ۔ شِہ تہٕ چھُ پرکاش تہٕ ومرش
مٕے یانٛے ییٚم دۄشوٚنے وِشتھ چھِہ تیٚمِس مَنٛز موٗجوٗد ۔

---

## پرکاش تہٕ ومرش سائنسی نظریہ کِنۍ

شیوٕ فلسفہٕ کہِ نظریہ کِنۍ چھُ پرٛاناتا (انسان) مہیشور (اعلاہستی)
تہٕ تہِ پوٗرٕ تہٕ یکیا زٕ مہیشورٕ آسنہٕ کِنۍ چھُ تہٕ پننہٕ مرضی کِنۍ یہ دُنیاوی کارٕ بار
اَنٛزراوان ۔ یہ سورُے کارٕبار چھُ شہ کران پننہٕ سوا تنتر شکھتی کِہ کِلان یعنی
سوا تنتر شکھتی گیہ اِچھا شکھتی (قوتِ ارادٕ) گیان شکھتی (قوتِ شناخت)
تہٕ کرِیا شکھتی (قوتِ عمل) ۔ اُمِس پرٛاماتہس چھِہ دِیوٚتیٚمہ کِنۍ ونان ییٚمِہ چھُ
کرِیڈاشیل ، یہ دُنیا ، ییٚمہ زِ لتیکس (WORLD) سٹیجس پیٚٹھ چھُ یہ پننۍ
کھیل ہاوان ییٚتھ پاٹھۍ اَکھ ایکٹر (ACTOR) سٹیجس پیٚٹھ کھیٚلہِ
چھُ پننۍ پاٹھ ہاوان تہٕ خاطرٕ پننۍ کینٛہہ سٹھاہ کوشش کران تہٕ خیال چھُس
آسان زِ میانۍ کام وُچھتھ گژھن لۄکھ خوش گژھن تہٕ میٚے تاریف
کرن ۔ یوٚہے خیال زِ چھِہ چھِہ شیوٕ فلسفہ کِنۍ آچار یو اُمِس بنی آدمہ
پننۍ خصلت (سوبھاو) پننۍ وضاحت کرمژ ۔ یوٚتان اُمِس ایکٹرس ییٚلہِ
مَنس مرف پننہ پاٹھ خیالک توٚق چھُ توٚتان چھُ اُمہٕ پننہ یہ کھیل

## (۱) اَدوٖیت واد یا توحید (MONISM)

توحیدُک تصوٗر چھُ ہِندُستانس منز اُپنِشدو بیٛٹھ اُمت۔ یتھ
کائیناتس منز چھِ قدرتی زِ چیزٕ آسٕ تہٕ پدارتھ (Objects) مُختلِف۔
اَمہٕ کِنۍ چھِ توحیدُک اصوٗل موٗجوٗداس کرُن سَخ انسانٕ بپٔنِ خاطرٕ سیٹھا
مُشکِل۔ اُپنِشدو پتہٕ فلسفن ہِندِ ییم سوٗکول ہِندُستانس منز وجوٗدس
منز آیہٕ۔ تِمو دِژ توحیدُک پہ مسلہٕ اَتھرِ دوٗنہٕ خاطرٕ بیٛون بیٛون ڈلیلہٕ کیٚنژن
مُتن (نیایہٕ ویشیشِک) بیتر ہِندِ نظریہ کِنۍ آو یہ مانٕنہٕ زِ یہ کائیناتھ چھُ
نوٗ تو (Elements) یا ذرٕو سیٛتۍ بنیومُت۔ بیٛیو (سانکھیہ یوگ بیتر)
سوٗکولو موٗن زِ کائیناتھ چھُ ژِہن تہٕ شکتی ہِندِ میلِک [پرُش (Spi-
rit) تہٕ پرکرتی (Matter) ہُند] روٗپ۔ ترٛییمہ ورگُک فلسفٕ دانو
(شنکر ویدانت بیتر) موٗن زِ یہ کائیناتھ چھُ صرف مایہ روٗپ یا
مایہ ہُند روٗپ بیٚیتہٕ یہ پزر چھُ۔ پتہٕ بیٚیئن فلسفٕ دانو کوٚر یِمن ترٛین
سوٗکولن ہُند نظریہٕ رد (Refute)۔ تِمو ہووٗ تہ کار پاٹھۍ زِ عظیم ہستی
(Ultimate Being) چھےٚ اَکھ سوٗ شکتی (Energy
or Power) یتھ منز پرکاش تہٕ ومرش ییم زٕ گون (صفتہٕ) موٗجوٗد
چھِ۔ ییم اَکھ اَکس سیٛتۍ تیتھ پاٹھۍ وابستہٕ چھِ زِ تِمن ہیکن نہٕ ژٕھوٗزتھ۔
اَمہٕ عظیم ہستی ہِندس سمندرس منز چھےٚ ییمہ دوہہٕ تہٕ قسمہ لہر (ژِتن تہٕ
شکتی ہِنز) ییمہ منز ییمہ کائیناتکو مُختلِف پدارتھ چھِ وجوٗدس منز یوان یا
بنان۔ مگر تِمہ کِنۍ چھےٚ اَتھ بجِ یاد ییمہ اَکھ ہستی ییمِک ناواتھ فلسفس
منز چھُ۔ ہیشوٗر ییمہ پرکاش تہٕ ومرش مےٚ ونان چھِ ۔ اَمہٕ تصوٗر موٗجوب چھُ

چھُ کٲشِرِ ہِنٛدِ یوٚ شیوٚ فَلسفہٕ دانوٚ خیال کوٚرمُت زِ یُس اعلا ہستی بھگوان چھُ یُہُنٛدس ناو مہیشور رٔچھِتھ وۄنمُت چھُ تہٕ چھُ یِمن دۄن طاقتن ہُنٛد (پرٛکاش[1] تہٕ وِمرشُک[2]) مُرکب۔ یِم زٕ طاقت ہیٚون ہیٚون روزٕن وٲلۍ چھِنہٕ۔ یوٚہے مہیشور چھُ پرٛشوٚ دتیرٕن (عالمہٕ نیبر) تہٕ یوان۔ یِتھِ پٲٹھۍ سوٗرے کاینات صِرف پرٛکاش کِس آگرس منٛز کھٔٹِتھ چھُ باقی وٕتہٕ چھِنہٕ یہِ زٕ گژھِتھ ظہورس منٛز آمُت۔ یِتھِ پٲٹھۍ وۄنۍ یہِ زٕ گژھِتھ ظہورس منٛز یوان چھُ تہٕ اَمِس مہیشور سٕنٛد وِمرشُک طاقتھ چھُ عملہ منٛز یوان تہٕ کاینا تس منٛز چھِ ساری پدارتھ (objects) وجودس منٛز یوان۔ اَتھ اوستھایہِ (حالتہٕ) منٛز چھُ مہیشور وِشوٚمے یانے زٕگتھ روٗپ بنان۔

## کٲشِر ہِنٛدِ پرٛمپرایہِ موجوب پرٛکاش تہٕ وِمرشُک تصوُر

کٲشِر ہِنٛدۍ شیوٚ شاسترٕکۍ عالِم چھِ یِتھٕ وَتہٕ پرٛکاش تہٕ وِمرشکِس زٕ اوٚیی جارِس وِپرٛھناونہٕ خاطرٕ خاص انداز تہٕ خاص لفظ استعمال کران آمٕتۍ تہٕ ہٮ۪تے چھُ باسان زِ پرٛکاش تہٕ وِمرشُک یِم زٕ شیوٚ فلسفِچ ٹرٛمہٕ چھِنے۔ یِہنٛدۍ مانے کرِتھ یِمہٕ تہٕ یِکو لفظو سیتۍ واضِح۔ یِمن عالِمن ہِنٛدین لفظن منٛز یِم پنٕنۍ شٮ۪شتیٚن ہِچھناونہٕ خاطرٕ یِم استعمال کران چھِ۔ پرٛکاش گو "آشن" تہٕ وِمرش گو "باشن" یِم زٕ کٲشرۍ لفظ چھِ سیٚٹھاہ اہم۔ "آشن" گو پدارتھن (objects) ہُنٛد خیال کِس عالمس منٛز آشن۔ "بھاشن" گو تِمنے پدارتھن ہُنٛد عالمس منٛز ظہورس منٛز یُن۔

پتہٕ تہٕ دِچھنیا کیوٚ فلسفہٕ دانوٚ چھُ اَکِس انسانہٕ سٕنٛد ترقی تہٕ خوشحالی حاصِل کرنہٕ خاطرٕ یِمن دۄن (پرٛکاش تہٕ وِمرشکین) طاقتن ہُنٛد سٕر

---

1. Transcendental. 2. Nontranscendental. (عالمس منٛز)

یوسہٕ اُمِس کرٕنۍ چھےٚ اُمہِ پیٚتھ پرکاشس سٟتۍ میلتھ۔ تکیازِ دُینہٕ چھُ
تہٕ پٲٹھۍ کرُن بیتر خیالس منز کھٔڑتھ۔ اَو کِنہ ہیٚکہِ اَتھ حالتس منز بیاکھ
ڈرٛیتھ کیٚنژن زِ اُمِس کُس پارٹ چھُ کرُن تہٕ کیٚتھ کرِ۔ وۄنۍ بیٚیلہِ یہ ایکٹر
سٹیجس پیٚٹھ پنُن ایکٹنگ ہُنٛد جوہر ہاوِ۔ اُمہِ سٟتۍ یہ عملی کام گیہِ ومرش
پرکاش تہٕ ومرشکین دۄن اوستھاین (حالتن) منز ہیٚکو یہ وُچھتھ زِ
جیس کیا چھےٚ ومرشس منز تہٕ صرف چھُ پرکاشس منز۔ جیس چھُ دۄشونی
حالتن منز۔ پرکاشس منز تہٕ ومرشس منز تہٕ۔ اُمی وجہ کِنہ چھےٚ
پرکاش تہٕ ومرش اکھ اَکِس نشہٕ بیون بیون مانہٕ یوان۔ یوٗتانۍ کانہہ خیال
مَنہٕ کِس آگرس منز ڈیتھ چھُ پانے ظاہر چھےٚ توٗتانۍ گو پرکاش ییٚلہِ یہ خیال
(Thought) عملہِ کِنہ۔ بیٚیلہِ بوزنہٕ ییہ یلہِ ظاہر سپدِ سُہ گو ومرش۔
ییتہِ پٲٹھۍ چھُ دُنیاہس منز بیون بیون کام کرن والۍ سارۍ ہمیشہ
تہٕ دیوتاۍ ہیتھ۔ تکیازِ تِم چھِ پرتھ. وِزِ پنٕنس پنٕنس دایرس منز پنُن
پرکاش تہٕ ومرش عملہِ منز انان۔ مثلن اَکِس کرالس چھُ مَنس منز ارادٕ پاٹھِ
سپدان زِ مےٚ چھُ خاص کینہہ قسمکو بانہٕ تیار کرٕنۍ یتہِ چھُ مَنس منز سوچان
نِدامہِ خاطرٕ چھےٚ مےٚ خاص میٹر بکار۔ یتہِ چھُ یہ سوچان زِ تَس گھر، ڈنڈ بیتر
کیٚنژھ گژھن آسنۍ۔ یہ سورُے خیال گو پرکاش۔ ییٚلہِ یہ سارے
تعنوٗیچ قصبہ کھاٹی نہ کرال عملہِ منز انہِ تہٕ خاص قسمکو بانہٕ تیار کرِ۔ تِ یہ
ہے گیہ ومرش عمل۔ موٗ مختصرکتہ بہ لیکھن وول آسہِ یا بوٗنگلہ بناون وول
انجینیر آسہِ یا ٹیٚیلہِ وچن بیتر بناون والی آسن۔ یمن سارنے چھُ پرکاش
تہٕ ومرش عملہِ منز یوان۔ سارنے چھےٚ پنٕنی پنٕنی کام پنٕنس پنٕنس خیالس
آگرس منز نیٚران یا انان تہٕ یتہِ چھےٚ تِمن سارنی پنٕنی خوعملہِ خو یوان۔ ییتہِ پٲٹھۍ

# پرکاش تہٕ وِمرش

## روٗحانی نظریہ کنہِ

آتماہس چھ زٕ پہلوٗ۔ پرکاش (خالص نوٗر) احساسی تہٕ وِمرش (ظاہری روٗپ) مجازی پہلوٗ۔ پرکاشک پہلوٗ چھُنہٕ آتماہُک خاص پہلوٗ۔ بکیاز یہ پہلوٗ چھُ بییَن چیزَن منز تہٕ لبنہٕ یوان۔ مثلن اُنش۔ سوٗٹھکس تہٕ جواہراتَن منز تہٕ، یانے اگر اُسو مانوٗ زِ۔ روٗح چھُ صرف پرکاش (خالص نوٗر) تیلہٕ یہ نوٗر چھُ بییَن چیزَن مثلن جواہراتَن بلیتر چیزَن منز تہٕ لبنہٕ یوان۔ تتہٕ تہٕ چھُ پرکاش موجوٗد۔ اَمہ رٕکھہٕ اگر آتما (روٗح) آسہِ صرف پرکاش ے (نوٗرٕ بوٗرٕت) ییت تیلہٕ آسہِ بییَن اَکھ سوٗٹھکس یا اُنہٕ ہیوٗ اَکھ چیز یُس بییہ چیزُک عکس رٹان آسہِ ہے۔

وِمرش لفظ چھُ ہاوان اَکھ خاص گوٗن ییٚمہ کنہِ یہ (Individual Soul) زٕیوٗ اَکھ دُویُس منز چھُنہٕ یوان ییٚتھ منز جواہر بیتر یوان چھ۔ اَدٕ کنہِ چھُ وِمرشس دل ذیٖن زٕ سیٖٹھاہ اہم۔

وِمرش: یہ چھُ آتماہُک اَکھ خاص پہلوٗ ہاوان پرکاشُک حیثیتھ چھُ وِمرش۔ بییلہٕ کانٛہہ تہٕ پنُن پاس سپدان چھُ۔ تمیُس چھُ سینتھ پننہٕ وُجوٗدُک یا آسنُک حِس (Awareness) تہٕ آسان۔ اَمیُک مطلب چھُ یہ زِ سارِنے زیون چھُ۔ اَکھ پاسنُس سیتھ "یہ" اَمیُک حِس تہٕ سپدان۔ اُنش منز چھ صرف عکس باسان یانے اَکھ منز چھ عکس نُنُی تیران۔ مگر اُنش چھُنہٕ پنُن عکسن ہُند ظاہر سپدنُک حِس آسان۔ اَمہ علاوٕ چھُنہٕ ذرا اصل اُنشَن پننین عکسن ہُند پاس تہٕ آسان۔ سُہ چھُ صرف اُنہٕ وُچھن والیس شوٗعوٗری زٕیوِہے آسان۔ اَمہ کنہِ چھُ اَسہِ نتان زِ پرکاشُک پاس تہٕ وِمرشُک حِس ییم چھ ہمیشہ

اِستیمال کرٕنہٕ خاطرٕ سیٹھاہ زور دِتھ مُت۔ وَنان چھہٕ زِ پرکاش تہٕ وِمرش چھہٕ اِنسانہٕ سٕندِ زوٗ۔ یٔمِس پرکاش تہٕ وِمرش عملہٕ منٛز لیوان آسنہٕ یِہ گوٚو زِنٛدٕ آسنہٕ تہٕ موٗد مُت۔ یِہ پرکاش تہٕ وِمرش گوٚو گیانہٕ تہٕ کرٛیایہِ ہِنٛدِس بٔنیوٗن۔ آچاریو اُتپل دیو چھِہ وَنان زِ: "گیانم کرٛیا چہ بھوتانام جیوتام جیوتم متم۔"

پچھے گیان (Knowledge) تہٕ کرٛیا (Action)

زِنٛدٕ انسانہٕ سٕندِ زوٗ۔ تہٕ آچاریہ چھہٕ پانے وَنان زِ: "وِمرشہ ابلو دبوشیہ شُد ھیر گیانہ کرٛیے بِتیہ۔" وِمرش گوٚو گیان تہٕ کرٛیا شکھتی ہِنٛد عمل۔

پننہٕ لامۆحدۆد، شۆدٕ تہٕ پۆرٕ شۆعوٗرٕکہٕ آسُنک پرٚکاش تہٕ وِمرش یانے
شۆعوٗر تہٕ حِس دٕہ شوٗرے ہمیشہٕ آسان۔ وِمرش چھُنہٕ دراصل پرٚکاشہ
نِشہٕ بیوٚن کانٛہہ چیز۔ یہ چھُ پرٚکاشُک قدرتی صِفَت۔ اَمہٕ وِمرشکہٕ صِفتہٕ
رٕکنو چھہٕ پرٚکاشس پرٚکاش وَنان۔ یانے شۆعوٗرُک شۆعوٗر چھُ وِمرش۔
بیٚتھے پٲٹھۍ وِمرشُک وِمرش آسُن چھُ پرٚکاش۔ یانے حِسُک حِس آسُن
چھُ پرٚکاشے۔ دراصل چھہٕ یِم دٕہ شوٗرے کُنی تہٕ اَکہٕ وٕٹہٕ ڈٕلِتھ۔ دٕہ شوٗرے
چھہٕ یِتھہٕ پٲٹھۍ ڈٕلِتھ زٕ یانہٕ وٲنۍ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ فرق باسان۔ اصلی حقیقتہٕ
سمجاونہٕ خاطرٕ چھُ سِدھ لُکو (seer) یِمَن دۆن لفظَن ہُند تَصوٗر کوٗرمُت
دراصل چھُ یہ مولہٕ حقیقتہٕ شۆدٕ (پاک) لامۆحدۆد تہٕ مُکمل پرٚکاش تہٕ وِمرشس
سیتۍ ڈٕلِتھ۔ اَتھۍ پَرٕ تہٕ تَس چھہٕ شۆدٕ، لامۆحدۆد تہٕ مُکمل و سمپوٗرن وَنان۔
اَمہٕ چیزٕ سمپوٗرنٕ، چھہٕ پرٕ برٛہم۔ پرمیشور۔ بگوان بیتر ناو دِتہٕ یِوان۔ شیو
درشنس منٛز چھُ اَتھۍ پرٚم شِو (عظیم ہستی) وَنان۔ اَمیُک دوٗیُم ناو چھُ
اَنُتر تہٕ مہا تہٕ۔ اصلی چھُ یہ سۆرُے، اَمہٕ نِشہٕ بیوٚن چھُنہٕ کانٛہہ چیز۔ یہ کینژھا
تہٕ بیٚیہ بیٚیہ باسان چھُ سُہ چھُ دراصل یۆہے۔ یۆہے چھُ سارنۍ رٕمَن
روٗپَن منٛز باسان۔ اَمہُنٛد یہ سُبھاو (صِفَت) چھُ اَمہُنٛد پوٗرٕ سوتَنتٛر
(sovereignty) یانے خودمختاری۔

1. This All-inclusive Universal consciousness is called Anuttara (the Highest Reality) or Parā or Pūrṇā Samvid (Supreme or Perfect consciousness) in this system. As the word Anuttara implies, It is a reality beyond which there is nothing: It is, therefore, free from all limitations. It is undefinable in terms of ordinary every day life.

پانہٕ وٲنۍ اَکھ اَکِس سیتۍ روزان۔ یِم چھینہٕ زانہہ تہٕ الگ ٹھہریتھ ہیکان۔ یِس
چھےٚ زان تہٕ حِس چھُ زانہنۍ عمل۔ اَمِس مَنٛز چھُ یِکِس عکسس ہیکوٚنہٕ
پرٛکاش وٕنِتھ تہٕ یِکیاز اَمِس چھینہٕ چیزَن ہُنٛد عکسُک حِس آسان۔ اَمہِ کِنہِ
چھینہٕ اَمِس عکسُک وِمرٛش۔ (The power of mani-
festing itself in a concrete form
وُچھوٚے آسِس تہٕ یِتھہِ پاٹھۍ یِکیاز شہ چھُ نۄو (بےٚ حِس)۔ زٕڑِس کُنہِ
چھُ خیال زِ یہٕ چھُس۔ اَمیُک وِمرٛش چھینہٕ اَمِس بِلکُل تہٕ۔ اَتھ برعکس
چھُ اَکِس نِرپوٚسس ہمیشہِ یہٕ آسنُک باس آسان۔ تہٕ اَمیُک چھُس
ہمیشہ وِمرٛش تہٕ آسان۔ اَمہِ کِنہِ چھُ اَمی سِنٛدِس لوٚز ہِنٛدِس اَمِس مَنٛز یِم
چیزُک عکس پیوان چھُ تِمہٕ چیزُک شوٗعور تہٕ تِمِس یہٕ یِتھہٕ روٗپس
مَنٛز سِپدان تہٕ سیتۍ چھُس یہٕ یِتھہٕ وِمرٛش یا حِس تہٕ سپدان۔ یہٕ لفظ
چھُ ہاوان زِ نِرپوٚس چھُ شوٗعورس سیتۍ حِس تہٕ آسان۔ یہٕ کتھ فِکرِ
تُلنہٕ خاطرٕ ہیکوٚ اَسۍ یہِ وٕنِتھ زِ اَکِس نِرپوٚسس چھُ پننہٕ شوٗعور تہٕ حِسہٕ
یہٕ طاقتہٕ کِنہِ چیزُک پرٛکاش تہٕ وِمرٛش سپدان۔ چیزَن ہُنٛدِس باسِس
سیتۍ چھُس چیزَن ہُنٛد حِس تہٕ سپدان۔ یِتھہٕ پاٹھۍ شوٗعور تہٕ حِس چھینہٕ
زٕ بیٚون بیٚون چیز، یِتھے پاٹھۍ چھینہٕ پرٛکاش تہٕ وِمرٛش بیٚون بیٚون۔ یِم تہٕ پہلو
چھِ سِکہٕ کِین دۄن طرفن ہِنٛدۍ پاٹھۍ پانہٕ وٲنۍ یِتھہٕ پاٹھۍ میلِتھ زٕ اَکھ
اَکِس سیتۍ ہیکن نہٕ جُدا سپدِتھ۔ چیزَن ہُنٛد باسُن تہٕ چھُ تِیٚلی شوٗعوری
(پرٛکاش روٗپ) یِیلہِ اَمی سُنٛد (نِرپوٚسُنٛد) نۄو باو (صِفت) چھُ وِمرٛش
(حِس)۔ پرمیشور تہٕ چھُ شۄد پرٛکاش روٗپ یانے خالص شوٗعوری
روٗپ تہٕ شۄد وِمرٛش روٗپ یانے خالص حِسہٕ وول تہٕ۔ اَدٕ کِنہِ چھُ اَمِس

بِہتھٕ پٲنٹھ پیٹھ پٲنٹھ اوم دوٚد چھُہ گوڈنِتھ پرٛکرتی تہٕ زامُت دوٚدٕ بنِتھ
چھُہ وِکرتی۔ پرٛنام داو مُطٲبِق بیٚیلہِ کانٛہہ پرٛکرتی وِکرتی منٛز یانے اوم
دوٚد زامتس دوٚدس منٛز تبدیل گژھان چھُہ۔ یہ پرٛکرتی چھےٚ کُلہٕ وِکرتی
منٛز بدلان۔ پیٚٹھ پٲنٹھ چھُہ سمہاروٕزٕ بیٚیلہِ کانٛہہ وِکرتی (بدلیومُت روٗپ)
پرٛکرتی منٛز تبدیل گژھان چھےٚ یانے بدلیومُت روٗپ پننِس اصلی روٗپس
منٛز گژھان چھُہ تہٕ وِکرتی چھےٚ گلان۔ یہ چھُہ زٕڈ یانے ژیتن رستیٚن چیٖزن
ہُنٛد قٲیدٕ۔ اَمی کِنہٕ چھُہ یِم زٕڈ چیٖز نامُکمل۔ مگر بیٚیلہِ پیشور زیوتہٕ ژیتس
روٗپس منٛز ظٲہر سپدان چھُہ تمیٚ پننِس خودٲیتھ چھِیہ کھَٹِتھ روزان۔
پادٲیشہ تہٕ لے گژھنہٕ کِنہٕ چھےٚ تس پننِس خودٲیتھ ناکارٕ نَران۔ پرٛم شِو
پننِس یژھہٕ سپتو چھُہ یہ کٲیناتھ بنان۔ یہ کٲیناتھ ییتھ منٛز واریاہ عالم
چھِہ، چھےٚ تمیٚ پننِس فوٹن ہُنٛد عکس۔ شِو تہٕ تہٕ پیٚٹھ پرتھوی توتس
تانٛی یوس کٲیناتھ چھےٚ، ییتھ منٛز اَنہٕ رٕسی عالم چھِہ۔ یِم چھِہ پرٛم شِو
پننِس یژھہٕ سپتو وۄہ بدان۔ پھٕلِتھ پھۄلِتھ (ویستارس منٛز یِتھ) یِتہٕ لے
گژھان۔ یانے پرٛم شِو سُنٛد ظہور (پرٛکاش) چھُہ پادٲیشہ منٛز۔ وجودس
منٛز تہٕ سمہارس منٛز وۄہ لسان۔ پرٛم شِو چھُہ یِم روٗپ داران۔ اوم کھ
چھُنہٕ یہ کٲنٛسہ موحتاج۔ ویدانتین ہُنٛد ایشر کارن روٗپ "برہم" چھُہ سُہ
چھُہ نِیمِستی یانے نہٕ کیٚنہہ تہٕ ہُنٛد یاد کرنُک وول مگر ترٛیندس کاریہ روٗپ
نِگُنتس منٛز چھُنہٕ ییوان کانٛہہ اکثر تا (نہٕ کانٛہہ چیٖز پٲدٕ کرتھ ہیکن)
اَتہٕ کِنہٕ چھُنہٕ یہ پوز برہم چھُنہٕ کیٚنہہ کرن وول۔ اوم کھو گیٚنہٕ سان
کرنُک مادہ چھُہ شِو سُنٛز اصلیت۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ یہ کُنہٕ قونون پابند۔
یہ چھُہ پننہٕ یژھہٕ ہُنٛد پٲنی یانے مالِکھ۔ بوٗدوے یہ یژھہٕ تہٕ کریہ چھےٚ

# سۄاتنتٔر واد THEORY OF SELF DEPENDENCE

ہندوستانکین کینٛژن سۄکولن منٛز چھ ترٛے تھیوری (Theory) جأری۔ (۱) آرمبھ واد (Realistic view) (۲) پرنامہ واد (Theory of Transformation)

## (۳) سۄاتنتٔر واد

سۄاتنتٔر وادچ اہمیتھ چھےٚ کشمیر شیو فلسفس منٛز سیٹھاہ ترٛ پیٚواد چھُ امہِ فلسفک ہٕرتر۔

یٚیلہٕ بیٚانہٕ منٛز بامٕژ پھُٹان چھُ تہٕ بیول چھُنہٕ کُنی روزان۔ بیول بیول نہٕ روزتھ چھُ بامٕژ بنان۔ دوہ دِس یٚیلہٕ زامُت دوہ چھُ بنان تیٚلہٕ چھُنہٕ تتھ کانہہ دوہ دوٚنان بلکہ بگرتھ چھُ تتھ زامُت دوہ ناویوان یانےٚ سُہ چھُ زامتِس دوہ دِس منٛز بدلان۔ یٚیلہٕ موٗلہٕ پرکرٔتی (Cosmic Energy) منٛز بوٗد، اہنکار بیتر عنصر ظأہر گژھان چھ تہٕ موٗلہٕ پرکرٔتی ہُنٛد بنُن روٗپ چھُ غأیب گژھان۔ بوٗد، اہنکار (بُتا) بیتر عنصرن منٛز چھےٚ موٗلہٕ پرکرتھ تبدیل گژھان۔ سمہار (لَے گژھن) وِز چھےٚ سارٕنٕے عنصرن منٛز تبدیلی ترتیب وار موٗلہٕ پرکرژ منٛز سیدان۔ بوٗد بیتر سارِنٕے عنصرن چھ 'وِکرٔتی' وَنان۔ وِکرٔتی گو وِکار۔ یانےٚ بنُن اصلی روٗپ ترأوِتھ بیاکھ شکل اختیار کرٕنی گو وِکار۔ پرکرتھ گیہ عنصرن ہٕنز اصلیتھ وِکرٔتی گیہ تہُنٛد بدلُن۔ یانےٚ پرکرٔتی ہیٚتھ عنصر چھ بدلتھ کٲینا تکس روٗپس منٛز یوان۔ مأژ تہٕ کٲینا ہتہِ بنیٚہ روٗن چھےٚ پرکرٔتی۔ کٲینا تہٕ گمٕنہٕ چھےٚ وِکرٔتی یا وِکار۔ کٲینا تک روٗپ نیُن اصہ جونہٕ چھُ یوان سُہ چھُ وِکرٔتی

## (۲) وِورتہٕ واد (THEORY OF MANIFESTATION)

پٔرتہٕ بھجنیا سوٚکول چھُ یِمَن تریٚن تھیورین غلط مانان۔ گوڈنِچ
نیایہٕ وَیشیشِک مُطابق چھُ یُہ حقیقتھٕ یا تتھٕ تو منز یِمہٕ ساری کائنات
وجوٗد سپدیوٚمُت۔ مگر اَمہِ اُصوٗلس منز چھُنہٕ یہِ وَجہہ وَننہٕ یِوان زِ کارٕ
(effect) کیتھٕ پأٹھی دراو کارنہٕ (cause) منز۔ یتھہٕ منز اَمیُک آسُن
کارنس منز چھُنہٕ یِوان لوٚدنہٕ۔ دٔیمہ اُصوٗلہٕ موجوب چھُ کارن کارِیس
پأدٕ کران۔ مگر پتہٕ وٕجوٗد چھُس ختم گژھان۔ مثلن اوم دوٚد چھُ بدلان
زامتِس دودس منز۔ مگر زامُت دوٚد بنیوٚمُت چھُ اوم دوٚد نابوٗد گژھان
گاو چھےٚ گاسہٕ تہٕ چار کھیتھ دوٚد دِوان۔ گاسہٕ چھُس کارن (وجہہ) چھُ
شہ چھُنہٕ بوٗدٕ آسان یِمہٕ وِز دوٚد دِنان چھُ۔ بیاکھ چِلہٕ منز گُل نیسِر تھ
چھُنہٕ بیاکھ پھوٚل بوٗد آسان۔ اگر یہِ کتھ چھےٚ تیلہٕ گوٚژھ بیج پأدٕ گژھنہٕ وِزِ
تمہٕ شُند موٗل موجب (cause) نابوٗد گژھُن۔ یِہم سوال چھ پٔرتہٕ بھجنیا
فلسفہٕ دان پرنام وادٕ والین کران۔ یِتھےٚ پأٹھی چھُنہٕ یِمن شنکر آچارِیہ
شُند فلسفُک وِورتہٕ واد تہٕ ٹار کھسان۔ پٔرتہٕ بھجنیا فلسفہٕ والی چھ یِمن
نوٗکتہٕ چینی کران زِ اگر یہِ کائنات وِورتہٕ روٗپ چھُ یا نے سوپنٕ (خابک)
پأٹھی اَپزٕ یا سنس منز یِوان چھُ۔ اَمہِ اَپز یاسنس چھ تم مایا وَنان۔ پٔرتہٕ
بھجنیا والی چھ وَنان زِ اگر بقولِ ویدانت یہِ کائنات سوپنکی پأٹھی اَپز
چھُ تیلہٕ کیاز چھُنہٕ یہِ کائنات سوپنکی پأٹھی نابوٗد گژھان۔ مگر اَمیُک
وجوٗد چھُ اناد کالہٕ (Eternity) پیٹھٕ ہیوٚے چلان آمُت۔ پٔرتہٕ

---

۱ Theory of Transformation.

سہ یُژھ پٲدٲیِش ہِندِس رۄُپس منز۔ وجوٗدکس رۄُپس منز یا سمہار
بانے لَے گژھان کس رۄُپس منز آسہِ۔ اَتھ وٲنوٚ تہٕ اَسہِ پَرنام بُلی کر
سۄ اننتر یا نے خود موختارِی۔ تکیازِ اَمہِ شری شوتا (God head)
چھےٚ نہٕ اَمہِ سِتؠ غٲب گژھان۔ بَلکہِ پرِیٖتھ رنگہٕ چمکان۔

آبہس مانیہٕ یوان۔ آباس گوٚ یُہ کیٚنہہ گوشتھ پدارتھ یانے یِم یِم چیز یِمہ کأیناتَس منٛز ووٚجوٗدَس منٛز یوان چھِہ۔ یہ صوورتُس گوٚ آباس۔ آباس گوٚ باسُن یِہ مجبوٗری چھِہ یِہ کیٚنہہ نہٕ مانان زِ یِمَن چیزَن ہُنٛد بُنیاد یِمی کارَن چھُ اکہ پرمہ شِوٕ۔ اتھ بُنیاد پیٹھ چھُ شیوٕ فلسفہٕ دان تُہنٛد ک انٛحساس کران۔ وۄنۍ چھُ سوال وۄتھان زِ پرمہ شِو منٛز کیاہ چھُ یِم پدارتھ (چیز) ظاہر گژھان۔ امہ کیٚنہہ ہُنٛد جواب چھُ تیٚتھی بُتھہ یِہ پرزٕ چھُن زِ نارس کیاہ چھُ زالنک طاقتہٕ پیٹھ پاٹھو نارس زالنک طاقتہٕ قدرتی گوٚن (صِفَت) چھُ تیٚتھی پاٹھو چھُ پرمہ شِوس پنُن گوٚن یا شکتی یمہ کِنی سُہ زگتُک سأری پدارتھ چھُ پرکٹ (ظاہر) کران۔ اتھ شکتی چھُ سوٗ تمہ شکتی نادٕ کیاہ زِ یِہ چھِہ نہٕ کُنہ بییس چیزَس پیٹھ ڈٲپتھ (Depend) امہ کِنی چھُ شِیو درشنس منٛز یِہ مانِیہٕ یوان زِ پرمہ شِو چھُ سارِنے زگتہٕ کیٚن پدارتھن ہُنٛد بنیادِ یانے بُنیاد۔

## کرِیا شکتی تہٕ امکۍ اصوٗل (THE LAW OF CAUSATION)

یِہ وۄنۍ اِیہ بُتھ پیٚو زِ پرمہ شِوٕ سٕنز شکتی چھےٚ مُختلف پدارتھن (Material objects) ہنٛدِس روٗپس منٛز آبہاس وادکہ اصوٗلہ مۄجوٗب بنان یا ظاہر گژھان۔ یِمو فلسفن چھُ یِمَن پدارتھن ہنٛدِ بننہٕ خاطرٕ یا وۄجوٗدس منٛز یِنہٕ خاطرٕ کرِیا شکتی ہنٛدی ترِٚے اصوٗل اَنی میتو۔ اکھ گوٚ:

(۱) بھید ابھید سمبندھ (Law of Division or Unity & Plurity)

(۲) مانہ میِیہ (Law of Perception or Perception & object perceived)

بھجنیا فلسفہ دان چھہ یمن ترٛیشوٕنی تھیورین یاوادن رد کرٕتھ پننہٕ
تھیوری شواتنترواد پیش کران۔ یٕمہ تھیوری منٛز بُنیاد پیٹھ چھہ یم
سارے سوال حل گژھان۔ یُس عظیم کارن چھہ تس گوہیشوپر (اعلاہستی)
تمس منٛز چھہ سواتنتر شکھتی منٛز گوݨ (صفت)۔ یٕمہ سیتین کاریہ
(effect) یادٕ گژھنس پیٹھ کارن (cause) چھنہٕ نابود گژھان۔
اَمہ تھیوری موجوب گژھنہ بچہٕ شُند کارن تمہ شُند مول موج نابود۔ مول موج
تہٕ روز زندٕ تہٕ بچہ تہٕ روز زندٕ۔ اَمہ سواتنتر شکھتی منٛز مثال دِموٚ اَسہ
بیاکھ۔ اکھ جرثوم (Germ) چھہ بینٛڈس منٛز کرِ بدی جرثوم پادٕ کران۔ مگر
بڑوٚ تھجو بڑوٚ تھجمی جرثوم تہٕ چھہ زندٕ روزان۔ پرٛتہٕ بھجنیا فلسفہ کہ نظریہ کنہ
چھہ کارنس منٛز اکھ عجیب طاقتھ۔ یتھ ناو چھہ سواتنتر شکھتی (Sove-
reignty of will) اتھ شکھتی پیٹھ ہیکو نہٕ اَسہ سوال
کرِتھ زِ یہ شکھتی کیاہ بُنیادی کارن چھے، کتھ پاٹھی چھے پانسہٕ پانے
اَنیکھ کاریہ پادٕ کران۔

## (۳) آبھاس واد (THEORY OF MANIFESTATION)

کشیر شیو فلسفس منٛز چھے یہ بیاکھ اہم تھیوری مانہٕ یوان۔ پرٛتہٕ
بھجنیا درشنس منٛز چھہ اتھ اکھ خاص مقام۔ اتھی آبھاس وادچ تھیوری
منٛز بنیاد پیٹھ چھہ یم توحیدُک اصول کھر کران۔ یٕمہ سوٚ کُلہ موجوب
چھہ پرٛمہ شِو (Supreme cause) شُند سواہاو (Nature)
یا شکھتی۔ پننہٕ پانہٕ منٛزٕ یٕمہ دُنی یہکو مختلف پدارتھ (موروٗض
ظاہر کرِتھ۔ امی وجہ کنہ چھہ یتھ فلسفس منٛز ساری پدارتھ (objects

کاریہ (عمل) Effect چھُ زانُت دوہ۔ یِم ژٔیشوٕے چھِ زانِتھ دوٚ
چھِ عملہٕ منٛز یِوان۔ یِہ کتھ تصوُرس منز ییٚنہٕ چھےٚ سیٹھاہ مُشکل۔ یِیمہ
کائیناتکو سأری پدارتھ (چیز) چھِ اِنسانہٕ سٕنٛز عقلہٕ چکرٛاوان تہٕ اِنسانس
چھِ یِم سأری چیز عجیب باسان۔ مگر سانٛہ فلسفہٕ دانوٚ کٔر۔ یِیمہ کائیناتکی
چیز تیتھہٕ پأٹھی پیش ییتھ پأٹھو ژٕنی کینٛکو بٔڑی بٔڑی سائنسدان چھِ قدرتی
عُنصرن ہنٛز ویرٕ نے (Analysis) کران۔ امیٚ ژٕ، زاوِہ جار ٹُنیہ
اسہ برونٛٹھو میس حصس منز۔

## شیٚیہ ترٛیہن (۳۶) توتن / عُنصرن ہنٛدی اُصوٗل

(Doctrine of توتن ہنٛدی اُصوٗل
Tattvas) چھِ کشمیر شیو فلسفس منز سیٹھاہ اہمیتھ تھوان۔ امہٕ
مأدانس منز چھُ یِمن ہنٛد اکھ خاص مقام۔ برونٛٹھ وون سےٚ زِ کرِیا شکتی
چھےٚ کائیناتکین سارنے پدارتھن (objects) ہنٛز اکھ بُنیاد۔ شیو
فلسفن چھےٚ یہ شکتی ہنٛز بُنیاد شیٚیہ ترٛیہن حصن منز بأگراوِتھ مٕن
حصن ہنٛز بیٚلہ بٔیوٚن بٔیوٚن خاصیژ پانہٕ وأنی یکہ وٹہٕ میلن تہٕ
یِمہنٛد میلہٕ سپنِی چھِ کائیناتکو مُختلف چیز مثلن پہاڑ، دریاو،
آسمان، افتاب، گٕگرٕ، پیٚشو بیتر بنان۔ اگر اسہ وُنی کینٛس شیٚیہ ترٛیہن
توتن (عُنصرن) ہنٛدی اُصوٗل جدید سائنسی دورکہ نظریہ کیٚنہ دقیانوٗسی
ہی باسن مگر تیتھ دورس کُن نظر کرِتھ ہیٚکو اسی سوٗچتھ زِ تمہ وقتکی شیو
فلسفہٕ دان کٲتیاہ برونٛہہ اسی سائنسی تصوُرس منز۔

(٣) کارٕ کارَن (Effect & cause)

گوڈنِکۍ اوٚصوٗلہٕ کنہِ اگر کائینات کیٚس کُنہِ چیزس پیٹھٕ اَسہِ نظر ترٛاوو
تہٕ اَسہِ ہیکو یہِ کانٛہہ چیز اکائی (Unity) ہِندِ نظرِ کنہِ یا داریاہ
(Plurity) آسنٕکہِ نظرِ کنہِ وُچھتھ۔ ویٖژھنوٚ مثال نِمو کُرسو۔ یہِ چھُ
اکھ پدارتھ یُس بیٚیِن کامن دوان چھُ۔ تمہِ کنہِ ہیکو اَسہِ اکھ اکائی ونِتھ۔ اَکھ
اُکُس چیزس ہیکو اَسہِ سیٹھا چیز تہٕ ونِتھ۔ یِتھہٕ اَسہِ آمہِ کیٚن سیٹھہٕ ہِنٛز
چھیٚنہٕ کنہِ نظر کرو۔ یانے آمہِ چہ ژوٗر زنگہٕ تہٕ اَمیُک پیٹھ (پٔنیٖم جِسم)۔
اَمیُک آسن (بیٚہن جاے) بیتر مَتس مَنٛز اَنو۔ اَمی نظرِ یہِ کنہِ ہیکوٚن اَسہِ
سورُے کائینات وُچھتھ۔ دوٚیمہِ تہٕ ترٛیٚیمہِ اوٚصوٗلہٕ (مادٕ ہیبیہٕ تہٕ کارٕ کارَنٕ
مُطابِق ییہِ اَسہِ اکھ چیز اکوے تہٕ اَکہِ کھوتہٕ زیادٕ تہٕ باسُن۔ تہٕ گوٚیہِ زٕ اکھ
چیز سپدِ سائنس تصوٗرس مَنٛز اَکوے روٗپس مَنٛز تہٕ ظاہِر دوار یا ہِن روٗپن
مَنٛز۔ تہٕ اَتھ دونوٚ انگریزی زبانی مَنٛز ییتھہٕ پاٹھۍ: Unity in
Diversity or Diversity in unity.
کُنہِ چیزُک مِثلن ٹوپہٕ اکرُسی بیترِ ہِنٛد وُجوٗد چھُ ترٛیٚن پدارتھن ہِنٛدِس
ظہوٗرس مَنٛز یوان۔ فلسفی یاہ اِصطلاحس مَنٛز چھِ اَتھ "ترٛیپٹی" وَنان
یُس ترٛیٚن پدارتھن سیٚتہٕ توٗلُق تھوان چھُ۔ تِم ترٛےٚ چھِ ییتھہٕ پاٹھۍ: وُچھن
دوٚل (Perceiver) پدارتھ (Object) تہٕ وُچھُن (Per-
ception) دوشوٕنٛی کارٕ تہٕ کارَنُک (Effect & cause)
اوٚصوٗل۔ مِثلن اَسہِ چھِ وُچھان کارٕ کیٚن روٗپس مَنٛز یانے عملہٕ مَنٛز زامتہٕ
دوٗدُک وُجوٗد۔ یِمکۍ کارَن چھِ یِم ترٛےٚ یانے گاوٕ ڈیٚنُک کارَن گاو اوم
دوٗد تہٕ تمہِ پتہٕ گوٚ زاگ۔ ترٛیٚیُم گو وقت تہٕ گرمی۔ یِمَن سارنے ہُنٛد

| | |
|---|---|
| Principle of correlation of Transcendental & non-Transcendental states. | (۵) شدھ ودیا |
| Principle of limitation & differentiation. | (۶) مایا |
| Limitation in Arts of authorship. | (۷) کلا |
| Limitation in Knowledge. | (۸) ودیا |
| Limitation in Interest. | (۹) راگ |
| Limitation in Space. | (۱۰) نیتی |
| Limitation in Time. | (۱۱) کالا/کال |
| Individual subject. | (۱۲) پرش |
| Individual limited object | (۱۳) پرکرتی |
| Ego, self-Arrogation. | (۱۴) اہنکار |
| Un-determined thought. | (۱۵) من |
| Determined thought. | (۱۶) بدھی/بدھ |
| Hearing | (۱۷) شروتر |
| Sensation of skin. | (۱۸) توک |
| Sight. | (۱۹) چکشو |
| Taste | (۲۰) رسنا |
| Smell | (۲۱) گھرانہ |
| Expression | (۲۲) واک |
| Handling | (۲۳) ہستہ/ہاتھ |

infinite

finite

4

senses

# تتھ یا عنصر

کٔشیرِ شیو فلسفکِ گو تتھ شہ ژیٖس کائناتچہ قبیا منٛز ورتاوِ۔

یہ چھُ ہمیشہ پننِس اتھس منٛز موجود آسان۔ یہ چھُ وِیاپک (Per-
vasive) یانے یہ چھُ سارِو چیزن منٛز وِیاپتھ۔ زٕو زاژ ہیشر بُنیاد بناوان۔
یہ چھُ زٕو زاژ ہُند اکھ اہم تہٕ موٗلہ چیز مانٕنہ یوان۔ یتھ دٔنِی ہِس
منٛز اسی روزان چھِ اکھ چیز وٕنان ستکرٕ تَس تٔرِ —— پارتھو (بیٛنِز
ہُند) اکھ چیز اَمہ کِنہِ پارتھو وَنان تکیازِ یہ چھُ بیٛنِز
ہُند بٔلکہ اکھ مٔر چھُ بیٛنِز ہُند چیز زیادٕ آسان۔ یِتھے پٲٹھی چھِ بیٛنِ بیٛنِ
تتھن منٛز کانٛہہ تتھ زیادٕ آسان تہٕ کانٛہہ تتھ کم۔ یِم تتھ چھِ واریاہ۔
سانکھ فلسفس منٛز چھِ پنٛژہ تتھ تہٕ شیو فلسفس منٛز چھِ شٲیِہ ترٛہ (۳۶)
دٔہو و موٗ اسی شٲیِہ ترٛین تتھن ہُند فہرست یوان کرنہٕ :

## شٲیِہ ترٛین (۳۶) تتھن ہُند شُمار
## CATEGORIES OF OBJECTIVE REALITY

(۱) شِو تتھ — Principle of universal consciousness

(۲) شکتہ تتھ — Principle of universal Energy.

(۳) سداشو „ — State of predominance of power of Knowledge (Jnāna-Śakti)

(۴) ایشور „ — State of predominance of power of Action. (Kriya Śakti)

ویٖژھ ناوٕ کرِ ہیتھ۔ یِم تہٕ چھِ یِم:۔

پُرشہٕ[۱] (رُوح) پرٛدھان یا پرٛکرتی[۲] (مادی ڈانچہ) انتہہ کرٕن (اَنٛدرِم زٕہینی حِس یا اَنٛدریُم باس) کرٕن (اِنٛدرِین) منٛز چھِ یِم ترٛیے یوان۔ من۔ بُدی تہٕ اہنکار۔ من گو اَنشچیت (بِلہٕ) سوربٕج۔ بُدی گیہِ نِشچیت (گٔنٛڈ) سوربٕج۔ اہنکار گو پننہِ پانٕچ خیال یا بنا۔ پانٛژھ گیان (زٕہینی) اِنٛدرے (پانٛژھ حِس) شرُوترم (کنہٕ حِس) تُوَک (زٔہہ حِس) چکشُہ (وُچھنُک حِس) رٕسنا (ساوُک یا مزُک حِس) گھرانم (لچھونکن حِس) بٔیہ پانٛژھ کرمہ اِنٛدرے (کارٕ اِنٛدرے)۔ واک (وننٕ اِنٛدرے) پانٕر (اَتھٕ اِنٛدرے) پاد (پکنٕ اِنٛدرے) پایو (مل اِنٛدرے) اُپستھ (نرٕ اِنٛدرے) ڈٕہ کاریہ:۔ آکاش (خالی جاے) وایو (ہوا) اگنی (نار) جَل (پوٗنی) پرتھوی (زمیٖن) تہٕ بٔیہ پھِٹ پانٛژن ہُنٛد تنماتر (سوکھم یا زاوُل عُنصر) شبد (آوازٕ یا اَژا) سپرش (چھُہن یوتاہ) رُوپ (رُوپہ یوتاہ) رس (رس یوتاہ) گنٛدھ (مُشکے یا اَژ) یِمن ساری ہُنٛد شُمار چھُ پٔنٛژہ واتان۔ یہُنٛد فلسفہ چھُ سانکھیہ شاسترس منٛز وننہٕ آمُت۔ اَمہ پتہٕ چھِ شیوٕن ہُنٛد کاہ تہٕ بٔنیہ: (۱) پانہٕ تٔوبہ گوشہ طاقت۔ یٔمہ سیتیٖن وُچھن والی (subjects) تہٕ بوزنہٕ پیٚنہٕ وٲلی پدارتھ (objects) ین شیوٕن شیوٕن وٲجودس منٛز بوزنہٕ۔ اَمِکو چھِ پانٛژھ اَنگہٕ یا ورگ: کلا گیہ شیوٕن شیوٕن ہمہ بٔرن ہُنٛد طاقت۔ وِدیا گیہ شیوٕن شیوٕن چیزن ہُنٛد گیان۔ راگ گیہ دلچسپی۔ نیتی گو جاپہٕ ہُنٛد موٲجود کرنُک تصور۔ کال گو موجود ٲسنُک تصور۔ پُتھ شیوٕ تہٕ تہٕ تکھ چھِ بٔیہ پانٛژھ تہٕ تہٕ۔ شیو تہٕ تہٕ۔ شکتیہ تہٕ تہٕ۔ سدا شیو تہٕ تہٕ۔ اِیشور تہٕ تہٕ تہٕ شُدھ وِدیا تہٕ تہٕ تہٕ یِمن شٔیہ ژھِن تہٕ تہٕ ہنٛد چھُ پرم شیو یُس یٔمہ فلسفہ موجوب چھُ ذاتیت

---

۱- Spirit ۲- Matter

| | |
|---|---|
| (۲۴) پاد/پۄد | Locomotion. |
| (۲۵) پایُہ | Expelling |
| (۲۶) اُپستھہٗ | Function of sex. |
| (۲۷) شبد تنماترٗ | Sound |
| (۲۸) سپرش تنماترٗ | Touch feeling |
| (۲۹) روٗپ وو | Colour & shape |
| (۳۰) رس تنماترٗ | Flavour |
| (۳۱) گندھ وو | Odour |
| (۳۲) آکاش | Vacuum |
| (۳۳) وایُہ/واو | Air |
| (۳۴) تیجہٗ | Fire |
| (۳۵) جلہٗ | Water |
| (۳۶) پرٛتھوی | Earth |

ییم تو ہتھ اسیہ پیٹھٕ ییس چھِس منٛز دِتی تِمن منٛز گوڈٕ نِکی کاہ تہٕ ہتھ چھہ سادارن (Ordinary) عقلہٕ والین ہنٛدِ خاطرٕ سیٹھاہ مُشکِل شیچھنہٕ۔ ییم ترٛن تیٖلہٕ فِکرِ ییٖلہٕ اِنسان قدرت کیس زاوی جارس منٛز سَتہٕ۔ تیٖلہٕ چھُہ ییہنٛد گیان سپدُن مُمکِن۔ ہم ساٹی برٛاٹی آچارِ یہ ، ییہنٛدیس دِماغس منٛز ییتھو سَنٛز خیال وُتھو، اسہ ہیو گہ ڈرشٹہ تھوٚن والی۔ یا نے تِہنٛد تصوٗرادیس یو گہ سادنایہ سیتہٕ شِشنکو پاٹھٕ صاف بنیوٚمُت یمہٕ تِمن قدرتِکی کرِشمہ ٹھاکار باسان آسی۔

ییمن شیٖشیہ ترٛہن توتن منٛز چھہ پیٛشرٛہ تہٕ ہتھ سانکھیہ فلسفن

ترُوٚہیُم حِصہٕ

# اِنسانی قدرٕ (رۄحانی تہٕ اخلاقی)

وۄنۍ ہیمَو اَسۍ پَرتہٕ بھجنیا فلسفہٕ چھِ انسانی قدرٕ ہُنٛد بیہ انسانہٕ سِنٛد روزمرہٕ زندگی منٛز صحی نظریہٕ کِہو ترقی حاصِل کرنَس منٛز اہم مقام تھوان چھےٚ۔ یِم قدرٕ چھےٚ مختلف۔ رۄحانی، اخلاقی سماجی بیتر۔ یِم چھےٚ ترتیب وار یِتھہٕ پأٹھۍ:

(۱) انسان چھُ ووٚمیدو تہٕ خاہشاتو برٛیتھ۔ کشیرِ ہُنٛد فلسفہٕ چھُ انسانس یِم خاہشاتھ، ووٚمیدٕ تہٕ تمہٕ سِنٛدٕ زندگی ہِنٛدۍ مسلہٕ حل کرنس منٛز سیٹھاہ ہے فائدٕ منٛد تہٕ مددگار۔ اَمہٕ فلسفکۍ آچاریہ سوٚمانٛد تہٕ اُتپل دیو چھہ وَنان زِ یِہ انسان چھُ سیٹھاہ ہو شکتی یوسان ذامت یِہ قودرتی تمہٕ سے اندر چھےٚ یِمہٕ شکتییِن چھےٚ ترٛین ورگن منٛز وَنہٕ آمژٕ۔ یِمن وَنان چھہ اِچھا گیان تہٕ کریا۔ یِمن ترٛین شکتییِن ہُنٛد زأنۍ کار زانِتھ تہٕ پننہِ زندگی مُطٲبق (Discipline) منٛز تھوٚوِتھ بیٚیہ یِمن شکتییِن ہُنٛد صحی استعمال کرِتھ چھُ انسان ترقی ہِنٛدِس مُنٛزلس منٛز برٛونٛہہ برٛونٛہہ پکان تہٕ چھُنہٕ یِتھہٕ زندگی منٛز مایوسی ہِنٛدِس چکرس منٛز پھسان۔ اَمہٕ فلسفہٕ منٛز چھُ سیٹھا زأوُل جار لبنہٕ یِوان۔ اَمیک سوٚ اَنتر واد چھُ یِتھہٕ کنۍ پیٚٹھ زور دِوان زِ انسان چھُ سارِنے پانہٕ ہرنا کرتا۔ یا نے سُہ چھُ اشرف المخلوقات۔ سُہ چھُ

یانے تتھ تو نشہ بالاتر۔ یتھ مضمونس سیتی یم دلچسپی تھوون والی آسن
تیمہ ہنزِ تر یہ تھند درجک فلسفہ فکر۔ مگر تیمن پزِ یہ امیک سوئن مطالعہ کرُن۔
اوٚ مہ کیہہ کرو اسہ یمن پانژن تتن ہُند مختصر پاٹھو تذکرہ۔

شِو تتھ چھُ کائناتکہ ظہورچہ علہ منز گوڈنیُک قدم۔ یہ تتھ چھُ چِن ماتر (Pure Light of Intelligence) یانے خالص شعور۔ امہ حالژ ہُند تجربہ چھُ خالص 'بہ' 'چھُس' ورائے تکیہ بز چھُس لفظ چھُ کُنہ سیتی تولُن بغواں۔ شِو تتس منز چھ باقے ساری تتھ تہ موجود آسان۔ مگر تم چھ دُبتھ روزان یم باقے تتھ تل ژھنیم کام چھُ شکتی تتھ انجام دوان۔ مگر شکتی تتھ تہِ ورائے ہیکہ نہ شِو تتھ ظہورُ لبتھ۔ اوٚ کینہ چھُ یہ شِو تتس سیتی ظہور لبان تہ امہ سیتی گژھے آسان۔ اوے چھُ نہ یہ تیوتھ بیون گنزرُن صحی۔ امہ کینہ پزِ اسہ 'شِو تتس' 'شِو شکتی تتھ' ناو دِیُن۔ شکتی تتس پیٹھ چھُ آنند (Bliss) تتھ غالب آسان۔ اپشور تتھ۔ یہ چھُ کائنات کس ظہورس کُن ترییم قدم تہ گیان شکتی چھے امیک غالب عنصر۔ اپشور تتک مطلب چھُ ظہور۔ امہ چھُ 'اُنمیشہ' (Opening Out) وَنان۔ ترکیب عالم چھُ امہ منز نیران۔ سداشِو تتس منز چھُ ساری ظہورِ (Manifestations نے (جذب) گژھان۔ یتھ پاٹھو چھُ وہراوُنہ سیتی سورُے نون نیران چھُ تہ وٹنہ سیتی سورُے وچھنہ گژھان چھُ۔ تتھے پاٹھو چھُ تیبر نون نیرتگس تتس اپشور تتھ ونان تہ تتھ کیس ستسپدنس سد اشِو تتھ ونان۔ سدودیا تتھ۔ یہ چھُ ژوٚرِیم قدم تہ امہ اندر چھے کریا شکتی بطور غالب عنصر کام کران۔ سدودیا تتھ یا شُدھ ودیا تتھ چھُ 'بہ' 'یہ' یمن دون ہُند آدار (Subs-tratum) یم تتھ چھُ شعورِ پادہ ایشہ ننہ نیوان۔

کہتہ ہُند علم ودان ز انسانس چھےٚ پانس اَتھہ پننۍ عمل یا سیدی. سو گیا گیہٕ؟ ییٚمہ سےٚ ہتی انسانس ہمیشہٕ خاطرٕ زندگی منٛز شانتی یا سو کوٲلت روزٕ ییتہٕ چھُ انسانس پننیس اَتھس منٛز ز ییٚمہ نیہ پننُ پان تباہی یا بوٚربادی کرُن. اگر انسان جان یا ناکارٕ کرنہٕ خاطرٕ خۄد موختار چھُ. مگر یہٕ فلسفہ چھُ تمس راکھی یا شیطانی رُجحانہٕ تہٕ خرابیو نِشہٕ نوان تہٕ ضبطکین اُصولن کُن پکہٕ ناوان.

## پتھ ترٕ بھجنیا فلسفس منٛز ساتن یا اَبدی قدرہٕ - سأری سے زنگتس منٛز امن تہٕ انسانہٕ شنٛز آزادی تہٕ بجر

ییتھہ فلسفس منٛز چھہ آچاریو ییمن قدرن مُتلق یم ترٛینے واکیہ (وۄپدیش) ڈٲنی ہتھو: (۱) سروٕ شِوتا[1] सर्व शिवता امیک مانے گو ز اَیہ پزٕن سأری انسان دِوِ روٗپ (Divine) تہٕ مُتبرک مانٕنۍ یا نے لوکٕٹ تہٕ بوٚڈ. اَمیر تہٕ غریب. تھزٕ ذاتھ ہُند تہٕ لوٚکٕٹ ذاتھ ہُند ہیم سأری پزٕن اَیہ روٗحانی نظرِ کینہہ وُچھنی۔ ییتہٕ ز غریبس ییہٕ بیقدری کرنہٕ تہٕ اَمیرس ییہٕ بےجے کار کرنہٕ۔ (۲) سروٕ سمتا[2] सर्व समता امیک مانے چھُ سارے انسانن ہنٛز زیو نیچ عمل چھےٚ برابر۔ چاہے سُہ اَمیر ہندٕ گرٕ زیو یا غریبہ ہندٕ گرٕ زیو چیون کیہم چھہ اَسس عظیم ہستی (ایشور) ہندٕ پیچھ ییتھہ سأبنانس منٛز لوان. اَمہ خیالہ موجوب چھہ اَیہ سأری انسان برابر مانٕنۍ تہٕ تِمن سیتی برابری ہُند ورتاو کرُن.

---

[1] Divinity (dignity) of mankind.

[2] Equality & universal brotherhood.

پننہٕ زندگی منٛز، پننہٕ دُنی ہیٚنٛک تہٕ پننہٕ مقدرُک پانہٕ بناوُن وول یِم چھِ بناونہٕ خٲطرٕ چھُ قوت درتھ تِمس منٛز چھےٚ اِچھا شکتی تہٕ چھےٚ گیان شکتی تہٕ چھےٚ کرِیا شکتی ہیٚنٛدی خزانہٕ بخشِمٕتۍ۔ یِم خزانہٕ چھِ اِنسانس پانس اندرےٚ آسان۔ اَتھ کنۍ گیاہ چھُ ضرورت تمس نیٚبرٕ میلن وَتھ دربدرٕ پھیرُن یہ چھُ کٔشیرِ ہیٚنٛدِس فلسفس داناہن ہُنٛد اعتقاد۔ اَمہِ موجب یِم اِنسانس تمنا تہٕ ارمان آسن تِم ہیٚکن تِمس پننیو خزانو سیٚتۍ پوٗرٕ سپدِتھ۔

پرٛتہٕ بِھجنیا فلسفک آچارِ یہ چھُ اِنسانس یِمہِ کتھہِ ہُنٛد تسلی پننین لفظن منٛز دوان۔ یمِیُک کٲشُر ترجمہ چھُ: "پرٛتہٕ بِھجنیا چھےٚ سارِنےٚ خزانن ہیٚنٛدِ حاصل کرنُک ذٔریعہ۔ 'ستمیو سم ادیہ ہیتم'" (اُپل دیو)

وۄنی وۄنو آچارین کُس خزانہٕ وۄن یُس اِنسانس پرٛاوُن۔ آچار چھُ اَتھ منٛز اِشارٕ کرِ ذٔریعہ یہ وَنان زِ خزانہٕ گۄ سُہ یُس اِنسانہٕ پنٛنِس زندگی ہنٛز سارِوٕےٚ کھوتہٕ زیادٕ قدر (Value) تہٕ مقصد آسہِ۔ سُہ مقصود خزانہٕ نہٕ زانِنہٕ کِنۍ چھُ اِنسان دوہ کھۄس تہٕ غمس منٛز وۄلنہٕ یِوان۔ حیاتےٚ تِمس لوکن ہنٛزِ نظرِ کِنۍ سیٹھاہ دولت تہٕ جاداد آسہِ۔ عام اِنسان چھُ نیٚبرِمِس ہاوِ باوس منٛز بیٚہتھ دوکھس منٛز یِوان۔ تہٕ یٚیِس وُچھِتھ چھُس تماہ پٲدٕ گژھان زِ کاش بہ تہٕ آسہا یوٗت دولت منٛد۔ اَسی چھِ بُہِمس منٛز یِوان زِ یہ کینٛژھا چمکان چھُ تہٕ گۄ سوٗن:

All that glitters is gold

پرٛتہٕ بِھجنیا چھےٚ اَسہِ اَمہِ کتھہِ ہنٛز زِینہٕ وَن دوان۔ سوہ چھےٚ نہٕ کتھہٕ۔ بلکہ اَمہِ زینہٕ وَنہٕ سیٚتۍ چھُ اِنسانس سارِوٕےٚ تمناہو نِشہِ بیٚتھ زالمان یِم اِنسانس دوہ کھۄس کُن نِوان چھِ۔ موخصر چھُ یہ فلسفہ یِمہِ

پٲٹھۍ چھہ اَمیُک مُدا ... وِشوٚش اُمنی' یانے عالمُک امن۔

اَمہِ فلسفُک تصوٗر چھُ پنُن پان صحیح پٲٹھۍ پرٛزناوُن تہٕ پننۍ طاقت زانٕنۍ ییٚمہِ کنہِ انسان پننِس پوٚشیدٕ قوٗتس ٹھیک پٲٹھۍ استعمال کرِ ہیٚکہِ۔ اَمہِ فلسفہٕ موٗجوٗب چھُ انسان پننِس قسمتُک پانہٕ بناوَن وول۔ سُہ ہیٚکہِ ناکارٕ عنصرن موٗلہِ مۄنجہِ کڈِتھ تہٕ پننۍ زندگی پرٛیتھ رنگہٕ خوشحال بنٲوِتھ۔ یہِ فلسفہٕ چھُ اَکھ کتھ پیٚٹھ زور دِوان زِ انسانس چھےٚ پننۍ زندگی کامیاب بناونہٕ خاطرٕ سیٚٹھاہ کوٗشش کرٕنۍ۔ 'جینیٛ ایتھس ڈیرٕ تھم' (اَتیل ویل)



بٔڑتہٕ جینیٛ فلسفُک تہٕ چھُ انسانہٕ سُند سوٗن مُطالیہ کرُن۔ یہِ فلسفہ چھُ انسانہٕ سٕندِس تخلیقی طاقتس ہُرراوان تہٕ ژَلُن وادس (Escapism) مخٲلفت کران۔ دَراَصل چھُ یہِ مَنُشہ وادُک فلسفہٕ (Philosophy of Humanism) یَتھ کیازِ یہِ چھُنہٕ اَکس انسانس تہٕ بییس انسانس منٛز کُنہِ قسمُک فرق ہاوان۔ ییٚمہِ فلسفہٕ موٗجوٗب چھُ انسان پننِہ خاطرٕ اَکھ دُنیا بناونس منٛز لگہٕ پٲٹھۍ خود موختار۔ سُہ ہیٚکہِ اَکھ خوشحال تہٕ جان دُنیاہ بنٲوِتھ ییٚتہِ امن تہٕ سوکوٗن آسہِ۔ سُہ یہِ ییٚتھ تہٕ ہیٚکہِ سُہ کٔرِتھ کیازِ سُہ چھُ خود موختار۔ خود موختارُک مطلب چھُنہٕ یُتُھے یہِ زِ انسان گژھہِ یِلہ تہٕ یہِ خوشس کَریس تہٕ کرِ۔ خود موختٲری ہُند مانے چھُنہٕ 'یِلہ گی' بلکہِ اَمیُک مانے چھُ ربط ضبط (Discipline)۔ یہِ فلسفہٕ چھُ انسانس صحیح فِکرِ منٛز کٔڈِتھ لگاوان تہٕ اَمِس منٛز سائینسی نظریہٕ بڑراوان۔ اَمہِ کنہِ چھُ یہِ پننِہ پایہٕ چایی تہٕ بییہِ منٛز پایہٕ چایی کانٛچھان۔ اَمِس چھُنہٕ تنگ نظری دوٗر گژھان تہٕ ساری لوٗکھ چھِس پننۍ باسان۔[1] ساٹِھے جنتہٕ راتھ چھےٚ بیون

I. Vasudhaiva kutum bakam.

(۳) سروِ سوا تنترٕ[a]: سارِی انسان چھِ قدرتہٕ پیٹھٕ آزاد آمتۍ
کانٛہہ چھِنہٕ کانٛسہ آوینز۔ کانٛہہ ہیٚکہِ نہٕ کانٛسہ پیٹھٕ ظُلم کٔرِتھ تہٕ کانٛہہ
ہیٚکہِ نہٕ بنِتھ ظالم تہٕ کانٛہہ ہیٚکہِ نہٕ رُوزِتھ مظلوم۔ کانٛہہ ہیٚکہِ نہٕ کانٛسہ ہُنٛد
روزگار یا حق ژھٕنِتھ نِتھ۔

(۴) سارِوے کھوتہٕ تھوٚد اُصوٗل چھُ وِشوٗ شانتی (World Peace) یہ اُصوٗل رُود پرتھ اُپنِشدن ہِنٛدِ وقتہٕ پیٹھٕ بلکہ مہابارتہٕ کہ وقتہٕ پیٹھٕ ہِنٛدوستانکس تہذیبس تہٕ تمدٔنس پیٹھ اثر دِوان۔ وِشوٗ شانتی گژھہِ سارِوے عالمس منٛز امن یا شانتی کاَیم گژھُن۔ کانٛہہ قوم یا انسان گژھہِ نہٕ تِتھ قدم تُلُن یَمہِ سیٚتۍ بیٚیَن ہُنٛز اشانتی پھٔہلہِ یا بد امنی ہُنٛد ذال پھٔہلہِ۔

انسانی قدرن مُتعلق یِم خیال ییٚمہٕ فلسفن پیش کٔرۍ تِم ذہنس منٛز تھٔوِتھ پاٹھۍ یِنہٕ خاطرٕ چھِ یِمن خیالن ہُنٛز وضاحت کرنہٕ آمٕژ تہٕ پاٹھۍ چھِ پرتہٕ بھگوت گیتا ہُنٛد وحدانی بیان پرتہٕ بھگوت گیتا فلسفہ چھُ اکھ اہم فلسفہ یُس انسانہٕ سٕندین مسلن حل کرنس منٛز سیٹھاہ مدد دِوان چھُ۔ سیتٛو سیتۍ چھُ انسانن ہٕنٛزن روٗحٲنی قدرن پیٹھ تہٕ زور دِوان۔ پرتہٕ بھگوت گیتا لفظک مانے چھُ سیٹھاہ وسیع۔ ییتہِ پاٹھۍ چھُ آمیک مانے، زان یا پرزناوُن۔ یہ زان چھےٚ شوٗعور تجربہ، فکر تہٕ پنُن پان پرزناونُک زان۔ ییتھین چھُ یہ سوال وۄتھان زِ۔ اسہِ کیاہ چھُ زانُن لایق تہٕ کمہِ مقصدہٕ خاطرٕ چھُ زانُن؟ اسہِ چھےٚ اکھ نوٚو وَتھ زانٛنۍ یوسہٕ پننہٕ خاطرٕ تہٕ چھےٚ رٕژ تہٕ بیٚیہٕ سٕندہِ خاطرٕ تہٕ۔ ییٚمہِ سیتۍ اسہِ پانس تہٕ وانہٕ سوکھ تہٕ بیٚیَن تہٕ واتہِ۔ اُپنِشدن ہِنٛدِ

---

a Liberty of all or Freedom of man.

# ایشورُنٛد تصوُر — CONCEPTION OF GOD

پرٲنِس ہِندِس فلسفہٕ مُطابق چھُنہٕ ایشور سوٗرگہٕ لوٗکس (جنتس) منٛز روزان۔ سُہ چھُ یتھ دُنِیہِس منٛز یِتھےٚ پٲٹھۍ روزان تہٕ یِتھےٚ جایہ چھِ تٔمۍ سُنٛد جلوٕ ڈٲشنۍ پوان۔ سُہ چھُ اِنسانہٕ سِندِس وُجوٗدس (Self) منٛز روزان تہٕ چھُ سارِنۍ لوٗکن تہٕ زِنٛدٕ ذاتن منٛز روزان۔ امہٕ خیالہٕ کِنۍ اگر اِنسان ییٚلہِ (یُس نہٕ ذرا اصلی وجہ پٮ۪ٹھ چھُ) غار زانہٕ سُہ چھےٚ تٔمۍ سٕنٛز غلطی۔ یانےٚ یم ساری اِنسان چھِ اکس ایشور سِندی نسل یا پیٚتھ یا گٕنٛڈۍ ساری اِنسان چھِ تِمسُند دِۄ حٲلی سِندی کُنبہ تہٕ اکھ اکس سِندۍ بٲے۔

امہٕ خیالہٕ مُطابق چھےٚ بٲکھ حقیقتھ ونٛنلان۔ سُہ حقیقت چھےٚ یہِ زِ ساری زیو اتما (Individual soul) چھِ قُدرتی طور تِمہٕ عظیم ہستی (مہیشور) ہِنٛزٕ ژٕ۔ تِمۍ سےٚ چھُ پننۍ دِۄ روٗپ (روحانیت) نشان ییٚمہِ پنٕنۍ یان آسہ قوبوٗ کوٗرمُت تہٕ ییٚمہِ پننہٕ زندگی آسہ پاک تہٕ شوٗد تھوٗمُت۔ ییٚتھ سےٚ پاکیزٕ اِنسانس چھُ پننہٕ آتمہٕ کُن (روحک) شوٗنٛدر (Beauty) تہٕ مُتبرک صِفتھ ظاہر سپدان۔ ییٚتھ سےٚ اِنسانس منٛز چھُ خُدایہ سُنٛد روٗپ پٕژان۔ تہٕ یِتھےٚ رٔت اِنسان بنُن چھُ پرٲنہِ ہِندِ فلسفُک اصلی مقصد۔

اگر یتھ دُنِیہِس منٛز ییٚمہِ فلسفہٕ کہٕ اثر کِنۍ اِنسانہٕ سِنٛدِس وِرتاوس تہٕ اٹھو ہِنٛزٕ خصلژ منٛز تبدیلی ییہ۔ ارپٕنٛد گوشتہٕ وننہ کِنۍ بنہِ یُہ دُنیا ہے سوٗرگہٕ لوٗک۔

پرداز۔ یہ جذبہ چھُ اَمِس منٛز وۄتلان۔ تہٕ سوٗرٕے کاینات[1] چھُس عظیم ہُسنٕچ ہِندِ رۄپ باسان۔ یِتھٕ پأٹھۍ چھُ اَمِس مَنَس منٛز سرواتمہ بھاؤ گنان۔ آزادی، برابری تہٕ بأے بندٕت یا بأے چارٕ یم چھ دُنِیٕکِس ترقی یافتہ مُلکٕکۍ اہم نارٕ۔ آزادی تہٕ برابری یا یکسأنِیتھ ہیکو نہٕ اَسہ توتانی حاصل کٔرِتھ یوتانی نہٕ دُنِیہس منٛز ہلہٕ ژارکس جۆ بَس پوچھر لگہٕ پٔتہٕ بجھنیا فلسفہ چھُ یوٚہے یأغام یِمن لفظن منٛز دوان۔ سرو سواتنتر یانے سارنے ہِنٛز آزادی تہٕ سروسمتا یانے دُنِی ہِنٛک ہلہٕ ژار۔ دراصل چھُ یہٕ فلسفہ ذات پانٛچ تہٕ چھوٚت چھاتکِ بندٕن ژٹان تہٕ جوٗ مُہو پوٚتس پوچھر دِوان۔ یہٕ فلسفہ چھُ سہ سندیش دُنِیہس دِوان یُس اَسہِ اپنشواسیو پنشدس منٛز لبان چھُ۔[2]

١) سرواتمیو سروٗ جنتوٗ نام ایکہٕ ایو مہیشوٗرٕ۔

٢) یستہٕ سروانہِ بھوتانہِ آتمنہ نیوانہٕ پشیَتہٕ۔
سرو بھوتیشُہ چاتمانم تتو نہ وِجگپسُتے ॥
یسمن سروانہِ بھوتانہِ آتمیو ابھود وِجانتہہ۔
تتر کو موہہ کہہ شوکہ ایکتوم انُپشیتہ تتہ ॥

مانے: یُس پننِس پانس منٛز سارنے زُو ذأژن تہٕ پنٕن پان سارنے زُو ذأژن منٛز وُچھان چھُ تِمتھ انسان چھُنہٕ کأنٛسہٕ ہُندٕ ظلم کا نِچھان۔ نکیا زٕ سہ چھُ یہٕ زانان زِ سارے زُو ذاتھ چھےٚ تٔمی سٕندۍ رۄپ۔ اَتھ حالتس منٛز کیٚتہٕ آسہ کأنٛسہٕ دوکھ تہٕ دود۔

بیٚتین آیہٕ تِہِنٛز قدرٕ ویستارٕ سان وِہرٕ چھنا دِتھ۔ پکیانٕ یہ چھنہٕ نیتہٕ شاستر
(Ethics) یہ چھ فلسفہٕ مگر یمن فلسفہ کین اُصوٗلن منٛز چھ یم نیتہٕ ہنٛدی
یانے اخلاقکۍ اُصوٗل پانے ثابت گژھان۔

شیو مَتس کِہ پٲروکار چھِ ایشورس بَگتی تہٕ پریمس پیٹھ سیٹھاہ زور
دِوان۔ یِہِنٛد اثر چھُ پرٛتھ بھجنیا فلسفس پیٹھ آچارِ مَن پیٹھ سیٹھاہ گوٚن
پیوومُت۔ تِم آچارِیہٕ اُسی فلسفہ دان اَسِتھ تہٕ ایشورس بگت۔ تہٕ
تِہُنٛد نظریہ چھُ بگتی رُوحانی ترقی ہِنٛز اکھ تھوٚد مُقام تھوان۔ تِمو
چھِنہٕ بگتی یا ایشور سٕنٛد پریم لوکن ہِنٛز سیوا نِشہِ ہُرٛ۔ بگتی چھےٚ تہٕ لوکو
ہِنٛز بویتانی تہٕ لوکن ہِنٛز سیوا آسِہ۔ یُس بگوانس سیتھ پوٚز پریم کران چھُ سُہ
چھُ سارِنی سیتھ پریم کران تہٕ بسارٕنی ہُنٛد دُکھ کاژھان تہٕ سیٹھہ
سارِنی سمہٕ دٕرشٹی (سمی نظر) کٔنہ وُچھان۔ تِمو ہِنٛدِس مَتس مَنز چھےٚ نہٕ
کانٛہہ ہِنٛز دٔیے آسان۔ نسلی امتیاز تراوِتھ چھُ سُہ سارِنی سیتھ رُت وَرتاو
کران تہٕ پَرٛتھ اَکِس لول بَران۔

آچاریہ ابھنوگُپتن چھُ شری مد بھگوت گیتا یہِ ہِنٛدِس گوڈنکِس
شلوکس ٹیکا (تفسیر) کران یہِ خیال بوومُت زِ انسانس چھےٚ قودرتی دوٚن
قسمچ فِطرتھ آسان۔ اَکھ گٔیہ جان تہٕ بیاکھ گٔیہ ناکار۔ جان فِطرتھ گٔیہ پانٛڈو
تہٕ ناکار گٔیہ کورو۔ دراصل چھُ اِنسانہٕ سٕنٛد باطن مُتبرک مانہٕ آمُت۔ امہِ کِنہ
آو یِتھ شلوکس منٛز 'دھرمہٕ کشیترے' یانے دٔرِیچ یا پرٛیچ جاے وَننہٕ۔ درٛیچ
جاے چھےٚ باطنیچ (انتہپدکرنیچ) جاے۔ یُس باطن شوٚد تہٕ صاف چھُ۔
یوٚدوے انسانہٕ سٕنٛد باطن رُت یا شوٚد (مَلہٕ روٚس) چھُ تو تہٕ چھُ اَتھ منٛز ہمیش
دوٚن فِطرتن پانہٕ واٲنٛز جنگ سپدان۔ یِتھے پاٹھین کورون تہٕ پانٛڈون پانہٕ وانٛنی
جنگ سپُد۔ مگر اَتھ لڑایہ منٛز گیہِ قودرتی طور رٕژ فِطرتھ کامیاب تہٕ ناکار
فِطرتھ ہار۔ یوٚہے میار اگر اِنسان ذہنس منٛز تھوِ تہٕ رٕژ فِطرتھ نِیہِ تمِس
ہمیشہ کامیابی ہِنٛدِس منٛزلس کُن۔

بڑونٛہہ پٮ۪ٹھ ناوُنس منٛز اَکھ دٲیِٕت۔ شرٲہمہِ حمدی منٛز وۄنہہ ییٚتہٕ تھدٕ پایک شاعر ییٚمیس جگدھر بٹ ناو اوس۔ اَمہِ کٔر 'ستتہٕ کُسمانجلی' ناوِچ (کتاب) تصنیف یہِ چھےٚ اَکھ بھکتی کاویہ (Devotional Poetry) اَتھ منٛز چھُ شیو شٔنٛد بجر دیرِ ثناوَنہٕ آمُت۔ یوٚد وَسے یہِ چھےٚ نہٕ فلسفیانہ تصنیف مگر آہنگ دیت چھُنہٕ بھچنہٕ باوس منٛز کم کینٛہہ۔ اورنگ زیب سٕنٛدِس دورس منٛز یانے سنہ ١٦٠٠ء ہس منٛز وۄنہہ ییٚتہٕ شرین صاحب کول ییٚمو شیو شاسترس پٮ۪ٹھ 'کلپہ ورکشہ پربندھ' بیسِتر کتابہ لیچھ۔ یہِ کتاب چھےٚ ریسرچ ڈپارٹمنٹس منٛز محفوظ۔ پٹھان دورس منٛز بیٚیلہ سکھ جیون کٔشیرِ مہتشد گورنر مقرر کرنہٕ آو۔ اَتھ وقتس منٛز لیچھ شو وا دھیابن 'وگیان بھیرس' پٮ۪ٹھ تفسیر اَمہِ لیوکھ 'شری وِدیا' ناوُک گرنتھ (کتاب) تہٕ۔ اَرداہُیِ چھ صدی ہنٛدِس بھاسکر اچارین لیچھ 'ایشور پرتیہ بھگیا ومرشنی' پٮ۪ٹھ سہل تفسیر ییٚتھ از کل 'بھاسکری' وَنان چھِ۔ اَمہِ علاوہ چھُ اَمہِ 'للہ واکھ' تہٕ سنسکرت نظمن منٛز لیکھمٕتۍ۔ بٲیہ چھےٚ اَمہ شیو نظریہ مطابق 'یوگہ وا سشتھس' پٮ۪ٹھ تہٕ ٹیکا (تفسیر) لیچھمٕژ۔ شیو ناگارجنن چھُ فلسفیانہ ستوتر (Hymn of praise) میلان (١) 'چیتہ سنتوش ترمشکا (٢) پرزر چن ترمشکا۔ اَمس ناگارجنس متعلق چھُنہٕ ثبوتہٕ پٲٹھۍ کینٛہہ معلوم زِ یہِ کتھیک اوس۔ بیٚیہِ پٲٹھۍ چھےٚ کٔمس تانٛ کالیداس سٕنٛز — 'چدگگن چندریکا' تہٕ دیرگھ پاکشہ ناتھ سٕنٛز 'دیرگھ پاکشہ پنچاشکا'۔ ییم دۄشوٕے چھےٚ شیو ستوتر۔ یتھہ پٲٹھۍ بنیاد یہِ فلسفہ ییٚتہ سیٹھا مقبول تہٕ اَمہِ فلسفک اثر پیو سنسکرت عالمو علاوہ ییٚتہ کین گوڈنہٕ مانتی مصنفن تہٕ ادیبن پٮ۪ٹھ تہٕ ووزِ۔ کاشُر ادبک گوڈنیک نمونہ چھُ شِتکنٹھن[1] 'مہانے پرکاش' مانِنہٕ یوان۔ اَتھ

---

[1] (فُٹ نوٹ برونٛہمیس صفحس پٮ۪ٹھ)

# کٲشِر ہِندِین لُوکَن پیٹھ شیو فلسفُک اَثر

شیو فلسفُک زانہٕ سپُد کٲشِرِ منٛز اِژھِمہِ صٔدی پیٹھٕ بٲہِمہِ صٔدی تانی۔ اَتھ سعہٕ ہَتھ ؤری دورَس منٛز وُچھِ بَھٹ یا پَنٛچ شیو شاستری فلسفہ دان یِمَن منٛز وسُگُپت آچاریہ سومانند اُتپل دیو تہٕ ابھِنوگُپت خٲص کٔرتھ لایق چھِہ۔ یِمَو ہِیُت اَکھ نۆو فلسفٕک زانہٕ یَتھ کٲشِر شیو فلسفہٕ وَنان چھِہ۔ اَتھ طویل دورَس منٛز کوٚڈ اَمو فلسفَن یِیتہٕ پیٹھاہ کاڑ تہٕ پھۆلیو تہٕ پٲرِ۔ دَیان تہٕ ٹیٖکا دِتِنہٕ تِیتھو سنٛگمہ دِتھِن کوٚر اژھمہ صٔدی منٛز یِیتہٕ شیو فلسفُک پرچار تہٕ ترٛیمبکہٕ میٹھ کانوٚک اَکھ سۆکول قٲیِم۔ اَمو سِدٕ بَرِ تھٔہ اوس یہِ کانِہ شیو فلسفہٕ کٲشِرِ منٛز بارسَس آمُت۔ سنٛگما دِتِنہٕ یِیتہٕ بٔنو تِمہ گُتھ نیچو ورشادِتیہ تِمہ یِیتہٕ تسٕنٛد نیچو اُرنادِتیہ۔ اَمو سِدٕس نیچوس یِیتہٕ شرمہ آنٛد۔ اَمہ یِیتہٕ سوماننٛد۔ پیٹھ پٲٹھی بٔنو یہِ سۆکول یِیتہٕ پیٹھاہ مشہور۔ اَمو ترٛیمبک سۆکولن واہراو تہٕ پٲرِ لنگ لِنٛچھ دۄ نی کینٛہ نہٕ چھِہ اَمہ ذاتہٕ ہیندی واریاہ یِیتہٕ لۆسِتھ بٔسِتھ۔ پیٹھ پٲٹھو رُود اَمہ فلسفُک سِلسِلہ پُشت در پُشت بٲہِمہ صٔدی تانی جٲری۔ اَبھِنوم آخری آچاریہ بٲہمہ صٔدی منٛز روزان اُسی تِم اُسی اَمہ فلسفکی تفسیرکار یا وۄہٕ تہٕ دیشک۔ تِمَن منٛز چھِہ یِم زیٛو ہینٛز لایق۔ کھیمراج۔ یوگ راج تہٕ جے رتھ بیتر۔

بٲہِمہ صٔدی پیٹھ رُود یِیتہٕ کیٚن لُوکَن منٛز اَمیُک مطالہٕ تہٕ تحقیق جٲری تہٕ الگ الگ دورَن منٛز وُچھ بَڑی بَڑی سنسکرت عالِم یِمَو پیٹھ فلسفہ

## کٲشِرِ منٛز سیاسی تہٕ رۄحانی اِنقلاب دۄہ تھٕمت۔

یہ اوس سُہ دور ییٚلہِ کٲشِرِ منٛز اَکھ نوٚو فَلسَفہٕ تھَنہٕ پیو۔ اَتھ فلسفس چھِہ صوٗفی فلسفہٕ وَنان۔ یِکیا زِ اَتھ وقتس منٛز آیہٕ ہیٚتہٕ بِڈِ سادات تہٕ تِہندِ پٲروکار ایرانہٕ پیٹھہٕ کٲشِرِ منٛز روزنہٕ خاطرٕ۔ قُدرتی طور سپُد ہِندو فلسفہٕ کین شِنتن تہٕ رِیشن اِسلامی فلسفہٕ کین صوٗفی یابن سیٚتہٕ پانہٕ وٲنٛی میلنُک اتفاق۔ تِمو کوٚر پانہٕ وٲنٛی فلسفو پانہٕ خیالن ہُند تبادلہ۔ یِہُنٛدُک یہ اثر سپُد زِ یِمَن دوشوٚنی فِرقن باسیو زِ سانٛی خیالات چھِہ پانہٕ وٲنٛی ہِوی۔ تہٕ تِمو کٔرہ اَکھ اَکِس ہِندیو خیالاتَن تسلیم۔ اَمیُک نتیجہ دراو یہ زِ دوشوٚنی دَرین ہِند سنگمہ یا مٮ۪لہِ تراریٚتھ سپُد کٲشِرِ منٛز اَکھ نوٚو سوٗکول پٲدٕ۔ یُس اِنسانی قدرن ہِندس بنہٕ ہٮ۪س یا نظریہٕ ہٮ۪س پیٹھ وجودس منٛز آو۔ یہ گوٚو اِنسانی قدرن ہُند سوٗکول۔ اَمہ سیٚتہٕ سپُد ہِندین تہٕ مُسلمانن ہِندین جذبن منٛز تقریب دوٗر۔ اَم آیہ پانہٕ نکھہٕ نکھہٕ تہٕ دِرے ترٲوِتھ گورِ باوُکھ پانہٕ وٲنٛی اَکھ واس۔ یِکیا زِ دوشوٚنی دَرین ہِند خیال آسہ ہِوی۔ اگر اَسہ فلسفہٕ کِس زاوِیہ جارس کٔن گژھو تہٕ اَسہِ واتو اَتھ نتیجس پیٹھ زِ سانیٚن فلسفن: سٲنکھیہ فلسفکو۔ یوگکو۔ ویدانتکو تہٕ صوٗفی بیتر فلسفن ہِندی اصوٗل چھِہ کٔنی مثلن:

۱) اللہ چھُہ کٔن۔ تِہنٛز ذاتھ چھےٚ سارِنے ہنٛزٕ تہٕ سُے چھُہ کاینات۔

۲) اَگرٕ خودا یہ شَر ہستی چھےٚ تہٕ تِتھ اَکھ ہستی یُس وجود تہٕ حیات ہِکو نہ اَکھ اَکِس نِشہِ اَلگ کٔرِتھ۔

Poachicals

Totally wrong idea

تصنیفہ منز چھُ اَسہِ شیوٕ فلسفُک تامکار ژُتہٕ بوٚزنہٕ میلان ۔ اَمکو کینہہ نمبد
چھہ یتھہ پاٹھو :

(۱)

پرم شیوس پرشیوتس شیچھی
پیمتھم سپندایو نگلھاتہٕ
میگما اُدیتہٕ سدا ایشو رچی
سو وِشو بیج نادس اُنگھاتہٕ ( مہانے پرکاش صفہٕ ۲۵ )

(۲)

یش نیش جنتش سموٚد لیس لیس
نیل پیت سُکھ دُکھ مرروٗپ اپیلہ پیتہٕ سعہ کھہ دمہ کھہ سوٚرروٗپ
وُدیس ( ووہ دیس ) دتہٕ سمانی سمرس
تم کمپین تس تس انہٕ روٗپ ( مہانے پرکاش ۳۸ )

(۳)

آدِ کوٹ مجیا اوسانا
تس تس نیانس جھوٚمک اشت
تر شٹِ سمتقیتہ سمبا ریہ جانا
آدِ انت ستیک وشت ( مہانے پرکاش ۴۰ )

اَمہِ پتہٕ پیٚلہ اَسہِ ژھوٚدا اَسہِ ھندی منز قدم ثراوان چھہ ۔ اَمہِ وِزِ کٕم حالاتھ
گٔیہِ کٔشیرِ منز پاٹھ ۔ اَمہِ خاطرِ چھے اَسہِ تواریخی پس منظرس ستہِ اَم ہیتھو
ضوٗرٕ رٕزی ۔ تواریخُک مُطالہٕ کرنہٕ ستہِ چھُ یہِ فِکرِ ترٛان زِ تمہٕ وقتہٕ اوس

( پتہٕ مہ صفحُک فٹ نوٹ : ) شتہٕ کتھہٕ چھُ ژُوٚا ہمہِ ھندی ہند کاشرِ
زبانہِ ہند گوڈنیُک شاعر مانہٕ یوان ۔

مَنٛز کرِتھ جا گژھتی یٲدٕ۔ یِمَن دٕلیلَن مُتَھند مانے اوس صِرف اِنسانس مَنٛز اخلاقی تہٕ روٗحٲنی قدرٕ یٲدٕ کرٕنہٕ۔ اَمہ اَوٗن کٔشیرِ مَنٛز بٲسے بنِدٕ یکھ۔ دور وٗ جوٗدس مَنٛز نہٕ کوٚرُن تِہِنٛزن خیالَن ہُنٛد اظہار یُتھٕ سیٚتھٕ ذاتھ پاتھ ، رنگ نسل ، مذہب بیتر کو تفریق ژھینِتھ۔ مذہبس پیٹھ اَندٕ وِشواس یِ (Blind faith) دٔفیا نوٗسی کرٕ یا کرمَس پیٹھ پزٕھ، توٚہمی خیالات ، ذاتھ پاتک تفریق یِم چیز ہیٚنٛتِن لل دید ہُنٛدِ وعدٕ پدیشہٕ (پٲغامہٕ) سیٚتھ وارٕ وارٕ کم گژھنہٕ۔ اَتھ دٕنی لوکَن تِم موٗلی اُپدیش یِم شاسترن مَنٛز لیکھتھ آسو مگر عام لوکن تام آسو نہٕ واتِمِتی۔ اَمہ دٔپیت اَتھ کتھ پیٹھ زور زِ دُنیہس مَنٛز پرٕزٕپیتھ کٲنٛسہ ہُنٛد بٔڑ حقیقتھ ژھانٛڈنی تھکیا نہٕ اَمہ سیٚتھ وۄتلہٕ اِنسانس مَنٛز ادویتہٕ وادُک (توحیدُک) جزبہ۔

اَمہ علاوٕ دٔپیت اَمہ پٲژِ بجٕنیا فلسفکین اُصوٗلَن پیٹھ زور زِ اِنسانس پزِ پننہِ خود مختٲری (سواتنترتا) شکتی پیٹھ یکہٕ ارادٕ تھوٚون۔ سہٕ چھُ پننہِ پانکُ مالکھ تہٕ پنُن نصیبہ پانے بناوَن وول۔ تسٕ پزِ پننہِ زندگی ہِنٛدی مسلہ پننہِ کوٚششہِ سیٚتھ حل کرٕنی۔ کُنہ زنٛگہِ نہٕ بیٚیس آویز روزُن۔

یہ چھُ اَمہ سٕنٛدِ وعدٕ پدیشک ہُنر تہٕ اَمہ دٔپیت پننین وعدٕ پدیشن مَنٛز اِنسٲنی قدرَن پیٹھ زیادٕ زور۔ اَکھ وۄت اَمہ زِ مَنٛدرَن مَنٛز پوٗزا کرٕنی تہٕ مَسٛجدَن مَنٛز نماز پرٕنی چھےٚ فضوٗل۔ بلکہ تہٕ اِنسانس مَنٛز اِنسٲنیت آسنی۔ اَمہ سٕنٛد مُداہ اوس لوکَن یہ فِکرِ تارُن زِ اِنسٲنیتھ چھےٚ پوٗزا یہ تہٕ نماز کھوتہٕ سیٹھاہ بٔڈ۔ اَمہ سٕنٛدین دٕلیلَن مَنٛز چھےٚ یِم کیٚنہہ وٲکھ یِمَن مَنٛز شیو فلسفک اَثر تاکار نَشان چھُ:

(۲) دیپالنٚک اَتھ ہمہ جِہتہٕ سوٗ سے خوٗبی تھٲوان اَییہ شیوٕ فلسفُک یتھ تھٲوان چھُہ۔

(۳) زُہ ذات چھےٚ نہ دا پہ پَنٕنہ مرضی پیٹھ بنیٚ ہیرٕ تہٕ تیٚتھٕنہ یٔژ دھ پیٹھ دیٚتھ۔

(۴) یہ سرشٹی (Creation) چھےٚ تِتھنہٕ لیلا یا کھیل۔

(۵) صوفی بن ہُنٛد اَنا الحق (بہٕ چھُس پزر) چھُنہٕ مانےٚ تھٲوان یہ شیوٕ فلسفُک شِوہم (بہٕ چھُس شو) یا دیا نِتیٚن ہُنٛد۔ اہم برہماسم (بہٕ چھُس برہم) تھٲوان چھُہ۔

یِمَن دوٚشوٕنی فرقن ہُنٛدٕ وحدت پیشک پیٹھ عام لوکن منز یِم خیال باوٕنہٕ تہٕ بٲسے بشد لکھوتہٕ ہلیہ زار کر پیغام دینہٕ۔ یِموٕ حالاتو رُکھ چھ اَسہِ صاف پأٹھی ہیکان ڈٔنھتھ زِ اَمہِ فلسفُک اثر ہیٚوتن زوٗ دا ہُنٛد ہُسہ پیٹھ بیٚتہ تیہِ عام لوکن پیٹھ پیوون۔ یِم خیال وأتی عام لوکن تانۍ۔ یتھ متعلق اَسہِ بوٚن کُن تلاش ترادو۔

## لل دید تہٕ تمہِ ہُنٛد وحدت پیش یا پیغام

اَمہِ نوٕ سوٚ کہ پہ کیس دورس منز ہُنٛدُو۔ اَکہ یوٚگنی زَنیم یُس ناو اوس لل دید یا للی شوری۔ سہ اَس شیوٕ نِشن منز پہ ہیرٕ تہٕ اوسُن شیوکین آچارین (سدھ مول بینتھ ریٚن) نِشہٕ شیوٕ فلسفہ ہیوٚچھمت۔ اَمہِ علاوٕ اوس اَمس صوفی باین ستۍ تبادلہ خیال کرنہٕ سیتۍ صوفی فلسفُک گیان تہٕ آمت۔ ونان چھہ زِ لل دید ہُنٛدس تصورس پیٹھ اوس یِمَن دوٚشونی فلسفن ہُنٛد اثر پیومت۔ اَمہِ دِیت واکھو ذریعہ لوکہ زبأنی منز وحدت پیش تہٕ یِمَن

ژھانڈان لوٗسُم دِین کیٛہو داکھ
وُچھم پٔنٛڈِتھ پنٛنہ گرے
سُے میٚے روٗٹُمس نیٚچھتُرٕ تہٕ ساتھ

(لل وٲکھ۔ صفحہ ۱۳۴)

# نُنٛدٕ ریٛوش

یہ وَوُن آسہ بجا زِ ژٕداہِم صدی چھےٚ کٲشِرِ ادبی لحاظ تہٕ سیاسی لحاظ کِنہٕ اہم صدی مانہٕ یوان۔ اتھ صدی منٛز چھ کٲشِرِس منٛز اکھ معمولی لال بأدٕ سیٚدان نیشیرٕ زِ پٔرِتھ طرفس پرٕزٕلاوان پھیٚرِ اُمی سُنٛد ناو چھ شیخ نوٗرٕ دین ؤلی یا نُنٛدٕ ریٛوش۔ ریٛشن ہٕنٛدِس سِلسِلس منٛز چھ اُمِس مہاتماہ سُنٛد مُقام سیٹھاہ مخصوص۔ یِکبار یہ اوس حقیقتن اکھ مُنٛدٕ یا اکھ ریٛوش۔ ریٛوش گوٚو سُہ یُس ترٲلِ دُنیٛاہ آسہِ یانے یُس وشیٚش نظر تھٲوِتھ کالن (وقتن) پیٹھ آسہِ تہٕ گوڈٕ ماضی ہِس مُستقبلس تہٕ حالس وُچھان آسہ۔ روٗحٲنی نظر آسنہٕ کِنہٕ اوس مہا + آتما = مہاتما (Great soul) تہٕ ریٛوش تہٕ۔ یہ اوس اہِمسا (عدم تشدُد) ہُک پرچار کَرن وول۔ مہاتما بُدھس پتہٕ لوٗگ اُمی سٕنٛدِس دورس منٛز اہِمسا درمس تہٕ سیٹھاہ پوچھر۔ مہاتمایس تہٕ ریٛشس منٛز ہِم آثار آسِتھ گٕژھن تِم چھ پوٗرٕ پأٹھۍ اُمِس منٛز لبنہٕ یوان۔ امہٕ کِنہٕ ہیٚکو اُمِس مہاتماہ تہٕ ریٛوش تہٕ وٕنِتھ۔

ریٛشن ہُنٛد سِلسِلہ روٗد کٲشِرِ منٛز ساسہ بدیوٗ وُرِیو پیٹھ چلان۔ ییم روٗدی ہمیشہ سیاسی حالاتو نِشہ لوٗب تہٕ دِنکھ وزِ وزِ ہِلہ ژٕارُک۔ بأیے بنٛدتک تہٕ امنُک پٲغام۔ یہ تہٕ اوس بأیے بنٛدتکس اُدھولس پیٹھ پٔرِتھ

ا: امنہٕ کِنہٕ وَنِنہٕ کِنہٕ تہٕ کرتوتہٕ کِنہٕ تہٕ کأنسہِ دوہ کھ دانتاوُن۔

دل پران پران زیو تال چھُم
ژےمے کیو کرے تچُھم نہ زاہ
سمرن پھیران نیوٹھ تہ اوڈنگج گجم
ممنیچ ومیی مالہ ژھجم نہ زاہ

(لل دید۔ صفحہ ۹۲)

شو چھُے تھلہ تھلہ روزان
موزان ہیو نہ تہ مسلمان
ژرک اسے چھکہ تہ پان پرزناو
سوے چھے صاحبس زانی زان

(لل دید۔ صفحہ ۱۰۰)

موڈو کریئے چھے نہ دھارن تہ پارن
موڈو کریئے چھے نہ رچھنہ کاے
موڈو کریئے چھے نہ دیہہ سندارن
سہز وچارن چھے وو پدیش

(لل دید۔ صفحہ ۱۰۲)

گگن ژیے بھوتل ژیے
ژیے دن پون تہ راتھ
ارگ ژندن پوش پونی ژیے
ژیے چھک سورے تہ لاگزی کیا

(لل دید۔ صفحہ ۱۱۲)

لل بو ڈرایس لولہ رے

نِژھِ ژھونڈُم مےٚ پر دپیشہٕ

پنٕنہٕ دپیشہٕ مےٚ یار آو

(نورنامہ۔ صفحہ ۱۵۵)

(۲)

اکھ کنٛد پانس موٚدِم رِنٛدو

امہِ سیتۍ ووٚنٛدٕ مٕل ووٚتھی نو

امہِ تسبیحہٕ عاصہٕ تہٕ چھٕنٛدہٕ

امہِ پھنٛدہٕ سٕہ اکھ پییی نو

(نورنامہ۔ صفحہ ۱۲۳)

(۳)

سارۍ ژرأو تھورٕ رٕٹُھم مےٚ ژےٚ

مےٚ ژےٚ ژھانٛڈان لوٗسُم دوہ

جانس منٛز بیٛلہ رٕٹُھم مےٚ ژےٚ

مےٚ ژٕ لٔیے نہٕ پانس دیُتُم ژھوہ

(نورنامہ۔ صفحہ ۵۹)

(۴)

سُے اوس تہٕ سُے ہو آسی[1]

سُے سُے کٔرسو زِ بیٛنتہٕ

سُے سارۍ اندیشہٕ کاسی

[2] مےٚ زوٗہ پانس پیٚتہٕ

---

[1] علمدار۔ شیومت اور شیخ العالم از بدری ناتھ کلہ۔ صفحہ ۲۱۹

[2] پانس پیٹھ مطلب چھُ ورشس منز پیٛچ مرثات قوتن ہٕنٛد حقی استعمال کرُن۔

ٹھٲوان۔ اَمہِ چھُ ییٚنِمِن شُرکین منٛز لۄکٕٹ ہٕندِ انسٲنی قدرن ہُند پٲغام دِیُت مُت۔ یۄدوَے اَمہِ سِندِ ین شُرکین منٛز وارِیاہ فلسفی یا نہٕ خیال ویدانتکۍ، یۄہے گۄڈٕ ہٕنٛد صوفی فلسفکۍ میلان چھِ تہٕ تہٕ چھُنہٕ شیوٕ فلسفُک اَثر کم کیٚنٛہہ بُشلن:

کیا کرٕ تِمن گرٕ سے تہٕ کارن

یُس بیٚیس اَچھ دارِن پیٚیہ

(نۄرنامہ۔ صفحہ ۱۶۷)

اَتھ منٛز چھِ تِم فرماوان زِ یُس اِنسان بیٚیس اَچھ دارِ تِمہٕ سُنٛد عمل چھےٚ فضوٗل تہٕ بے کار۔ شیوٕ فلسفہٕ مۄجوٗب چھُ اِنسان پننِ پان سۄدارنس منٛز پانہٕ ذِمہٕ وار۔ دۆیِس موحتاج روزُن چھُنہٕ تس ضروٗری زِنِیا زِ سہٕ (انسان) ہیٚکہِ پننہِ خوٗد موختارانہٕ اِرادٕ سیٚتۍ (sove-reignty of will) پننِ دُنیاہ پانہٕ بناوِتھ۔

یُسے تتہٕ سُے چھُے ییٚتے سُے چھے پرٛیتھ شایہٕ رٔٹتھ مکان

سُے چھُے پیادٕ سُے چھُے رتھنٕ سے چھُے سورُے گُپت پان

سہٕ شُیہہ شیو (اعلاترین حقیقت) چھُ ییٚیتہٕ تہٕ تتہٕ تہٕ یانسے سہٕ چھُ عالمہٕ ہیٚوٗر[1] تہٕ عالمس[2] منٛز تہٕ۔ تِمی سُنٛد ظہوٗر چھُ یہٕ کاینات۔ اَوکِنہِ چھُ سہٕ پرٛیتھ جایہِ دٔرِیٹھ گژھان۔ پیادٕ تہٕ چھُ سہٕ، رتھ چلاون وول تہٕ چھُ سہٕ، پرٛیتھ پاٹھۍ چھُ سہٕ پننِ پان کھٹتھ پرٛیتھ جایہِ۔ یانے تِمی سُنٛد جلوٕ چھُ پرٛیتھ جایہِ۔ ییتھے پاٹھۍ چھِ بییے بییے شٕرکو تہٕ ہیمن منٛز تہِ بجینا فلسفک اَثر لبنہٕ یوان چھُ۔

(۱)

سہٕ مےٚ زٕنٛشے بہٕ تَس زٕنٛشے

مےٚ تَس زٕنٛشے قرار آو

---

(۱) عالمہٕ ہیٚوٗر چھُ سہٕ یُس کاینات روٗپ رٔژتھ پیٚنتھ نۄکرا (۲) عالمس منٛز چھُ وِمرش روٗپ (مجازی)

# شیومتس منز مذہبی اعتقاد تہٕ یوگی اعتقادٕ عنصر

یتھہٕ حسٕس منز ووٚنۍ اُسہ شیو مذہبکین پأروکارن ہُند نظریہٕ یا تہٕنٛد اعتقادیٚس شیو فلسفس سیتۍ تہٕ وابستہٕ چھُ۔ حالانکہ اُسہ ہیکوٚ یِہ بِہن عنصرن حقیقی طور فلسفک اَنگ وٕنِتھ مگر اَسہ چھُ یمن کتھن ہُند تذکرٕ اَمہٕ کنۍ ضروٗری پیوان کرُن یِمہ کنۍ عام لوٗکہ تہٕ اُقتصٲدیتہٕ کینٛہ تہٕ مٔلیوٕ فلسفہ مانان چھِ۔

شیو مذہبن ہُندِ اعتقادٕ موجوٗب چھِ انسانس موکھو (نجات) حاصل کرنہٕ خأطرٕ ترٛےٚ وۄ پاے (وتہٕ) وٕنِتھ آمٕتۍ۔

(۱) شامبھوو پاے

(۲) شاکتو پاے

(۳) آنوو پاے

یمن ترٛین وۄ پاین سیتۍ چھےٚ کینٛہہ ضروٗری کرِیا یا پرِیہ (Rituals) شیو شاسترس منز دِنہٕ آمٕژ۔ یِمن ہُند گۄڈنیُک آگُر چھُ مالنی وِجے تنترٕ۔ یمن وۄ پاین پیٹھ چھےٚ اُسہ یِتین تذکرٕ کران۔ تکیازِ یِم چھےٚ فلسفک موضوٗع۔ پرٛتھ ہِندیٚن فلسفکین پأروکارن ہُند نظریہٕ کنۍ چھُ موکھو (نجات) حاصل کرنک وۄ پاے زوٗریُم ییٚس ژھوٚٹ چھُ تہٕ کرِیا یا نِشہٕ چھُ ختم۔ یہٕ زوٗریُم وۄ پاے چھُ نوٚوٚ ییٚس سو مانتھن تہٕ آچار یہ اُتھل دیون ہیٚنۍ شاسترن منز دِیت مُت چھُ۔ اَتھ چھُ ہمو ناو کوٗرُت

(ﮦ)

کھوٚر رۄستے جہاتہٕ نوٗرٕم

موٗرٕ جسم مد لوٚب تہٕ مُہ

سیٚدہٕ ووٚدنہٕ اَہحدٕ صاحب گوٗرٕم

اَدٕ پیزٕ نوٗوٗم پیٚٹھ رُح

(نوٗرنامہ۔ صفحہ ۱۵۲)

یِمن دوٚن رێشن پتہٕ وُچھو یێتہٕ ووٚنس تان واریاہ تعداد یاکِہ گوٚنہٕ مات۔ سنت بیترِ۔ یِموٚ لیلاٚیوٚ تہٕ شارو وٕرتھیہٕ انسانێنیک پاٚغام دیُت۔ یِمن منٛز چھ شاہ غفوٗر۔ شاہ قلندر۔ نیامہٕ صاب۔ شمس فقیر۔ صمد میر۔ پرمانند۔ کرشن راز دان۔ لچھ کرمن وۄٹھ۔ بون کاک۔ ماسٹر زندٕ کول بیترِ مشہوٗر۔ اَمہِ علاوٕ اگر اَسہِ یِہنٛزٕ شاعری ہُند صحیح پاٚٹھۍ مطالعہ کرَو اَسہِ واتہِ اَتھ نتیجس زِ یِہنٛزٕ شاعری منٛز چھِ یۄہے فلسفُک تہٕ سۄے موٗل دۆدٕمتھ۔ اَمی ساتہٕ پیاوٕ فلسفُک اثر چھ وُنی کینٛژن تہٕ کشیرِ ہندین لُکن، ہێندین تہٕ مُسلمانن منٛز لبنہٕ یوان۔ یێمہٕ کنہِ بێیَن بێیَن مذہبَن منٛز روٗزنہٕ چھ ساٚری باٚے برادری تہٕ میلہٕ زار گۆرتھ دوان۔

---

لے لیلاہٕ چھےٚ بٹہٕ شاعرو لیچھمٕژ۔

پَشُہ (Soul-under bondage) ہٕ اِصطلاح۔
یتھ گوٚشہ پرٛماتا (Perceiver) یٚمِس پنٛنہٕ پانٛچ تہٕ پنٛنہٕ
اِیشوٚرٕ پنٛچ پانٛنے پننِن شکتی یِن ہُنٛد گیان آسہ سٕپُدمُت۔ یُہے پرٛماتا
چھُ موکت (آزاد) مانہٕ یوان۔ پشُہ گوٚشہ پرٛماتایُس مایاہٕ ہنٛدِس
اَنہٕ گُنٛٹِس ہنٛز وٕلنہٕ آمُت آسہ۔ شیومتہٕ موجوب چھِ اَمِس پانٛنے پشُہ ہِس
وَنان سمسٲری۔ سمسٲری چھُس اَمہِ کنہٕ وَنان زِ یہِ چھُ سمسارس یا
دُنیہِ ہس ہنٛز میتھہ پننِن کرمن (اعمالن) ہنٛز بنٛد آسان۔ تہٕ یہِ چھُ
سارِنے کائیناتہٕ کِن پدارتھن (Objects) پنٛنہٕ پانہٕ نِشہٕ بیوٚن
مانان تہٕ اَتھہ برعکس ییتی چھُ یِمن سارِنے پدارتھن پننے رُوٗپ مانان۔
پشُہ چھُ اَمی کنہٕ سمسارکِس کھدوٕکھ بوگان۔ شیومتہٕ والیو چھُ
اَمِس پشُہ، اَمہِ کنہٕ ناو دِیُتمُت۔ نکیازِ یہِ چھُ پشُو ہنٛدی پاٹھۍ رُودمُت
میوٚنہٕ آسان۔

## (زٕ) پشُہ ہنٛدی ترٛےٚ مل

۱- آنومل ۲- کارم مل تہٕ ۳- مایییہ مل۔ آنومل گوٚشہ
مل یُس پنٛنہٕ پانٛچ حقیقتھ نہٕ زانٕنہٕ کِنہٕ چھُ پادٕ گژھان تہٕ بٔیہِ پنٛنہٕ
گیانہٕ شکوچتی تہٕ کرِیاشکتی ہُنٛد نہٕ زانُن تہٕ چھُ اَتھیک موٗلہٕ۔ کارن
(تمہٕ یادی وجہ)۔ اَمہِ کنہٕ چھُ زیوس (Individual Soul)
سُوا تنٛترتک اباو روزان۔ یانے اَمِس چھُنہٕ پننِن شکتی یَن (تُوتن)
(قوبہٕ شناخت تہٕ قوتِ عمل) ہُنٛد پتاو روزان۔

(۲) کارم مل۔ کارم مل گوٚشہ مل یُس زیوس ہنٛز چھُ جٲن نیتاو

اَنہٕ پاسے ۔ تہٕ کیا گوٚہ یِم پَنٕچھِمو تٕرٛٮ۪ن وٕنی مِیتھ پٔرٲنی عدم پاسے بشا ھجود
پاسے بیتھ چھہ تمٕو سیتۍ پیدہٕ اَسہِ سہل پأٹھی نجاتھ حاصل ۔ صرف
اَنہٕ پاسے رٕکنہِ پانے حقیقتھ زانٕنہٕ رٕکنہِ (تہٕ تہٕ بھچھنیا یہ کہنی) چھہ اِنسانس شند
نجاتھ لبُن سیٹھا سہل ۔ یہ کتھ چھےٚ وَنٕنۍ ضروٗری زِ کینٛژَن عٲلِمَن ہُنٛزِ
رایہ کینٛہہ چھہ یِمَن تٕرٛین وود پایَن ہُنٛد نٕتیاز بیھ چھاہ فلسفہٕ تٕرِکہ شاسترٕ ناد دِنہٕ آمُت

## اِدکأری دیوتا

۱

شیوٕ شاسترٕکہِ پأرٕ کار چھہ عام ہِندوٕ مَتٕکہ تٕرٛٮ۪ن اِدکأری دیوتا ۔ برٛہما
وِشنو تہٕ مہیش ہینٛس مَنتس مُقرٕ تسلیم ماناں مگر شیوٕ مَنتس منٛز چھہ یہ فرق زِ یِم ترٛیش
مہیشوَر ماناں ۔ گۄڈنیُک دیوتا چھہ دوٚیِم گۄ برٛہما تہٕ ترٛیِم گۄ وِشنو ۔ اَتہ
اعتقادس منٛز چھےٚ شیوٕ فلسفہٕ دانن ہُند نظریہ کینٛہہ اکھ خاص فلسفی پایہٕ
حقیقتھ ۔ سۄ گٔیہ بیتھ پأٹھی ۔ وِشنو مے اوستھا یہ بٕرٛونٛہہ پانسے کأینات
بنیکہِ بٕرٛونٛہہ مہِ حالژ ہُند دیوتا چھُ ـــــ شِوٕ ۔ برٛہما چھہ بدستوٗر عام ہِندوٕ
مَتہٕ تہٕ شیوٕ مَتہٕ مُطأبِق پأدایش کرنُک دیوتا گویا شیوٕ مَتہٕ وألۍ چھہ ماناں
زِ گۄڈنِچہ حالژ پتہٕ کأیناتس وجوٗدس منٛز اَنٕنہٕ خأطرٕ چھہ برٛہما سُند
اَتھ ۔ ہِندوٕ مَتہٕ مُطأبِق چھہ بیتھ کأیناتس ترتیبس منٛز بٕرٛونٛہہ کُن
پکناونہٕ خأطرٕ وِشنوٕ سُند اَتھ ۔ شیوٕ مَتہٕ موٗجوٗب چھہ بیتھ کأیناتس
اَنٛت (End) ۔ اَمہِ کینٛہہ چھہ شِوٕ 'سمہار' (فناہ) کرن وول مانٕنہٕ یِوان
مگر ہِندوٕ مَتہٕ موٗجوٗب چھہ 'شِوٕ' کأیناتس فناہ کران وِشنوس مہیشوَرس
چھہ کانہہ فرق ۔ اَدٕ کینٛہہ گژھ صرف بیٚتین ڈٔلُن ؟

پَتیٚ تہٕ پُرشہٕ ۔ شیوٕ شاسترٕ موٗجوٗب چھےٚ پتھ (Free Soul) تہٕ

ساری چھ تِمو سِنٛدۍ (عظیم ہستی ہِنٛدۍ) اولاد۔ ساری چھ تِمو قُدرٲژ تھٲوِتھ
پوٚزِ سیٚتۍ بَرپور بٔنِتھ تِمس ورٲشِس مَنٛز زٔنِس سیٚتۍ بیمِژ چھےٚ۔ تیٚمی تو یہ مَل
چھُ اِنسانس اکہ قِسمک ہُٹھ ؤرِیا پَردٕ۔ یتھہ کیٚنہٕ اُمِس بیدہٕ باو یا فرق باسان
چھےٚ۔ اُمِس چھُنہٕ بیٚیِس سِنٛد نیمہٕ ہتہٕ خوٚشی سیٚتۍ کانٛہہ اثر گژھان۔
حرف چھُ اُمِس پننہٕ خوشحالی ہنٛزِ پننہٕ پَژرُک خیال روزان۔
اَمہٕ برعکس چھ اُکس گیانہٕ وٲلِس اُپنِشدواکیہ موجوب ساری
مخلوقاتھ پننے روٗپ باسان۔ اَمہٕ کِنۍ چھُ اُمِس بیٚیِن ہُنٛد سوٗکھ تہٕ دوٗکھ
پنُن سوٗکھ تہٕ دوٗکھ باسان۔ اَمہٕ خیالہٕ کِنۍ کانٛچھہٕ نہٕ شہ بیٚیِس ہُنٛد ایذاتہٕ دوٗکھ
یہ مایہ یہ مَل مِٹاونہٕ خاطرٕ چھُ پرتہٕ بھجنیا شاسترس مَنٛز سیٹھا زور دِنہٕ آمُت
سروٲتمبھاو सर्वात्मभाव گُنہٕ تیٚلہٕ چھُنہٕ کانٛہہ اِنسانس
بیٚیلہٕ لوکن یہ سروٲتم بھاو
کانٛسہٕ سیٚتۍ نہٕ دٲر نہٕ عداوت۔ یُتھ حال ییٚلہٕ پٲدٕ گژھہٕ تہٕ دُنیا یاہ
بنہٕ سوٗرگ (جنت)۔ اَمی کِنۍ چھُ یہ شاسترو نان نِیم ترٛشے مَل گژھن
چھٔلِنۍ یا نٹراونۍ۔ یتھہ کِنۍ اکھ معمولی درجُک اِنسان ہَقدٕ کردارُک
تہٕ ہلہٕ پاک اِنسان بنِتھ۔ یتھِس کٲمِل اِنسانس چھ اکھ شاسترس
مَنٛز ونان بیٚتی۔ تکیازِ روٗحٲنی نظرِ کِنۍ چھُ اُمِس مَنٛز سروٲتم واتھک'
(ہمہ اوست) آسنک جذبہٕ وۄتلان۔

## (DIFFERENT KINDS OF PERCEIVERS) پرٛماتاہن ہِنٛدۍ قِسم

یتھ شاسترس مَنٛز چھ ہیٚتنہٕ تہٕ پنٛژھ ہِنٛدِن قِسمن علاوٕ پرٛماتاہن
سیٹھاہ قِسم۔ یِمن پرٛماتاہن چھ مختلف مَلن ہِنٛدۍ آسنہٕ تہٕ نہٕ آسنہٕ
کِس بِناہس پیٹھ بٲگرٲونہٕ آمتۍ۔ یِم پرٛماتا چھ یِتھہٕ پٲٹھۍ:

تہٕ ناکارٕ کیٚژ کوٚ اَمہِ کرٕ نہٕ زانِتہٕ کینہہ پاٹھۍ گژھان۔ گویا (دھرما دھرمہ روٗپ)
ذرٕہِ تہٕ ادرٕمہٕ کرٕ نہٕ زانِتہٕ کیتھ۔ میانۍ اعمال کینژھ گژھن آسنۍ۔
مےٚ کیاہ پزٕ کرُن تہٕ مےٚ کیاہ پزٕ نہٕ کرُن۔ یہِ سوال چھُنہٕ زانُس اَمہِ تھلہٕ کینہہ
پیوان۔

(۴) ماییپہ مَل۔ ماییپہ مَل گوٚ شہ مَل (monism) یعنی
کینہہ زانُس کائناتکۍ چیز بیٚون بیٚون باسان چھہ مگر یمن چیزن ہنٛد اکھُے ٹُک
(oneness) گیٛان چھُس نہٕ ذہنس منز آسان آمُت۔ یمن
ژیٚن مَلن ہنٛز اہمیت ہیکوٚ اَسۍ فلسفہ یانہٕ تہٕ اخلاقی نظریہ کینہہ پیٹھہٕ پاٹھۍ
وَنِتھ۔ یوٚتاں یہِ زیٚو لاعلمی ہنٛدِس اندٕ گژھِس منز چھِنہ روزان چھُہ اَمِس
چھُنہٕ درمُک ادرمُک یا نےٚ جان کیاہ گوٚ تہٕ ناکارٕ کیاہ گوٚ امیُک پتاہ وزان۔
اندٕ گژھِس منز بیٛتھ یہِ پانس خوش کرِنس تِی چھُہ کران۔ یہِ چھُنہٕ سوچان
زِ اَمہِ سیٛتۍ ماواتہٕ کاٚنسہِ ایذاہ یا نوقصان۔ اُپنشدن ہنٛدۍ اوٗصوٗل
بوٚدوٚ وےٚ اَمِس فکرٕ تِرَن زِ " بیٛیس کُنِس ایذاہ تہٕ نوقصان چھُہ مےٚ پننۍ
ایذاہ تہٕ نوقصان"۔ اَمہِ سوچہٕ سیٛتۍ یِیہِ اَمِس منز اکھ نوٚو تبدیلی۔ مگر اَمہِ کیتھ
لاعلمی کینہہ چھُنہٕ اَمِس سوٚن تہٕ وۄہ گَٹہٕ بوزنہٕ پیوان۔ شہ چھُہ پننہٕ لالچہٕ تہٕ
خود غرضی کینہہ بینہٕ پزٕ تہٕ کران۔ بیاکھ روٗزی تس یا مُرکتن امیُک چھُس نہٕ
پرواے آسان۔

اخلاقی تہٕ فلسفہ یانہٕ نظریہ کِنۍ تہٕ چھُہ ماییپہ مَل بڑ اہمیتہٕ کھوتہٕ نا
اَمہِ کینہہ چھُہ باسان زِ بیٛیہ اکھ تیٖہ مےٚ زِ شہ بیٛون آمہِ کیٛنہہ کینہہ چھُنہٕ
انسانس بیٛچھ منز لبان نہٕ زِ اکھ چھُہ انسان گرٕ سوٗ روحانی ژن

( [illegible] چھِنہ سا [illegible] منز [illegible] خُسی

---

[illegible] انت [illegible] چھُہ [illegible] سبب [illegible] فلسفہ [illegible]
[illegible]

(۱) پرٛلیاکل یا اکل (۲) دِویٚشوٗر (۳) منٛشرچیشوٗد وِگیان
کل بیتر۔ یِمن پرٛماتاہن ہٕنٛز تشریح کرنہٕ چھینہٕ یِتھ کتابہِ منٛز موقعہٕ۔

## پرٛماتاہن ہنٛز پانٛژھ اوستھایہ (حالژ)

یِمن سارِنے زیون چھےٚ عام طور ترٛیٚنے حالژ:۔

(۱) جاگرٛت (Waking state) سو حالتھ یتھ منٛز انسانہٕ سینٛدی حِس ہوشیار آسن۔

(۲) سوٚپن (Dream state) سو حالتھ یتھ منٛز انسانہٕ سینٛدِ نیٚنٛج عمل چھےٚ جاری روزان۔ یا خاب وُچھان چھُہ۔

(۳) سُشُپتی (State of dreamless sleep) سو حالتھ یتھ منٛز انسانس گوٚب نیٚنٛدرٕ چھےٚ آسان نہٕ حِس چھِس نہٕ آسان۔

یوگہٕ شاسترٕ مُطابق چھےٚ عام لوٗکن یِمے ترٛیٚنے اوستھایہ (حالژ)۔ زٕ وٕرِمہ تہٕ بیٚنٛشیہِ حالژ منٛز چھُنہٕ یِمن اَنُبو (Experience) آسان۔ اَمیُک تجربہٕ چھُہ صرف یوٗگی ین یُت آسان۔

(۴) تُریا

(۵) تُریاتیت

پێنہ اَتھ کُنڈلِنی منز پۆرک पूरक کرِتھ کنہ کھاران۔ تہٕ کُمبھک
कुम्भक حالژ منز چھ یم پران بنٛد کران تہٕ ریچک रेचक حالژ
منز چھ وارٕ وارٕ پران ژھاوان ییانہِ شاہ ژھاوان۔
یوسہٕ گوٚ پرانایامُک ابیاس ([illegible]) یا یوگابیاس۔
شیوٕن ہندِ ٹیکنیکہٕ مُطابق چھ اَتھ شیو سماویش وَنان۔ سماویشُک مطلب
گو اَژُن یانے یوٚگ چہ سادنایہ سیتھ خطرٕ س تہٕ پٕرٕس منز اَژُن۔
خیال چھُ یوان کرنہٕ زِ سادکس (سائکس) چھےٚ سیٹھاہ کالس
اَمہ پرانایامُک یا سماویشُک ابیاس کرنہٕ سیتھ سِدی (غأر معمولی طاقتھ)
حأصل سپدان۔ (یِم طاقتھ چھ شیو شاسترس تہٕ یوگہ شاسترس منز وَننہٕ
آمژ) سائکس چھ بیون بیون سماویشکین طریقن ہنٛدِ ابیاس کرنہٕ سیتھ
خاص خاص طاقتھ ظأہر سپدان تہٕ یتھی طاقتھ یتہٕ حأصل سپدان۔
ییٚلہِ یہِ یوگا بیاسس مُتعلق تذکرٕ کرنہٕ آو اَتھ چھُ عأمُو شیو
شاسترس منز خاص ناو دِتہٕ مُت۔ اَتھ چھ یوگہ شیوازم -Yoga
(Shaivism وَنان۔ یہِ یوگہٕ شیو شاستر چھُ رہسیہ (Secret)
مانہٕ یوان۔ بدقسمتی کنہٕ چھُنہٕ وُنیکتام اَتھ پیٹھ زیادٕ تحقیق کرنہٕ
آمُت۔ یہِ چھُ میانہِ موضوعٕ نشہِ نیبر۔ حالانکہ یہِ چھُ تحقیقاتچہ نظرِ کنہٕ سیٹھا

---

ۂ پرانایامس چھ ترٛیٚے قسم۔ پۆرک، کُمبھک تہٕ ریچک۔ پۆرک: اَکہ قسمُک
پرانایام یتھ منز کھوٚوُر نتھ وارٕ کنہٕ شاہ وارٕ وارٕ اَندر واتناونہٕ ییہِ۔ کُمبھک۔ پرانایامُک
سُہ عمل یتھ منز اَمس تہٕ نسی بنٛد کرِتھ شاہ بنٛد کرنہٕ ییہِ۔ ریچک۔ پرانایامُک سُہ عمل
یتھ منز کھوٚوُرِمُت شاہ نیبر ژھاونہٕ ییہِ۔

(١) سُشُمنا (٢) اِیڑا تہٖ (٣) پِنگلا۔ یِمو پڑھنے دِماغہٕ پیٹھ یِنٛد
بوٚن تانٛی وٕزِتھ گٔژھ آسان۔ سُشُمنا یِہ مَنز پڑھنے اَکھ ناڑی۔ اَتھ چھِ وَنان
چِترا۔ اَتھ ناڑی سِسٹمس چھِ وَنان کُنڈلِنی۔ یِہ کُنڈلِنی چھےٚ تۄنَس نِش
آسان تہٕ چھےٚ سَرپہٕ پِنٛدِ یہ پٲٹھۍ ژَلِتھ عمٕرٕ اَکِس کُرِتھ آسان۔ اَتھ سِسٹمس چھےٚ شۄنٛٹہٕ
جایہٕ۔ یِہ چھُ یِوان خیال کَرنہٕ زِ یِمَن شِپن جایَن چھِ شۄنٛٹہٕ ژٔکھر دِشٹ
(چکرہٕ) یِمپوشِن ہُنٛدِس رۄپس ہِیوٚی آسان۔ یِمن ہُنٛد تفصیل دِمو اَسِہ
یِمن پیٹھ ہیوٚر یِتھ پٲٹھۍ:

سُشُمنا یِہ ہِنٛدِس بُنٛہِ مِس اَنٛدس پیٹھ چھُ (١) مُولادار یا آدار
ژٔکھر خیالہٕ کَرنہٕ چھُ یِہ اَکھ یِمپوشِ یَتھ ژور وٕتھر چھِ۔ اَمہٕ ہیوٚر چھُ (٢)
سوادِشٹھانہٕ ژٔکھر۔ یِہ چھُ وُہہِ رنگہٕ شِپن وٕتھرن ہُنٛد یِمپوش خیال
یِوان کَرنہٕ۔

ترٛیِیِم گوٚو مَنی پور ژٔکھر۔ یِہ چھُ یِوان خیال کَرنہٕ زِ یِہ چھُ دٔہن
وٕتھرن ہُنٛد سوہنہٕ رنگہٕ یِمپوش یُس ژٔکھر نَبہٕ نِش ہیوٚر نابس نِشہٕ
(تۄنَس) نِش چھُ۔ ژوٚرِیِم نَمبر گوٚو اَناہت ژٔکھر۔ یِہ چھُ یِوان خیال کَرنہٕ
زِ یِہ چھُ بَہَن وٕتھرن ہُنٛد وُہہِ رنگہٕ یِمپوش ہِرٛدیس مَنز۔ پٔنٛژِیِم گوٚو
وِشُدھ ژٔکھر۔ خیال چھُ یِوان کَرنہٕ زِ یِہ چھُ شُراہَن وٕتھرن ہُنٛد یِمپوش
ۂٹِس اَنٛدر۔ شیٚیِم گوٚو آگیا ژٔکھر۔ یِہ چھُ یِوان خیال کَرنہٕ زِ یِہ چھُ دۄن
وٕتھرن ہُنٛد ژٔکھر ڈیکس مَنز۔ یِم زٕ وٕتھر چھِ دۄن اَچھن کُن خیالہٕ کَرنہٕ
چھُ اَمہٕ کُنڈلِنی ہِنٛدِس ہیٚرِمِس اَنٛدس پیٹھ اَکھ ژٔکھر یَتھ ناو سہسرار
ژٔکھر ناد چھُ۔ یِہ چھُ اَکھ یِمپوش یَتھ ساس وٕتھر چھِ۔

وَنان چھِ زِ یوٚگی چھِ پرانایام[1] (حبسِ نفس) کَرِتھ سُستھ پران

---

1 پرانایام چھُ یوٗگہٕ کِس اُکھٹو اَنگو مَنزٕ اَکھ اَنگ مانَنہٕ یِوان۔

# کتاب نامہ

ABBREVIATIONS

R-t 1. Kalhana's Rajtarangini Edited by M.A. Stein, VOL. 1

Nm. 2. The Nilmat Purana by Dr. Ved Kumari.

Ks. 3. Kashmir Shaivism by J.C. Chatterji

Ab. 4. "Abhinava Gupta" An Historical & philosophical study. by Dr. K.C. Panday.

DR. 5. Doctrine of Recognition. by Dr. R.K. Kaw (Hushiarpur Vedic Research Institute 1967,

PK. 6. Pratyabhijna Karika of Utpal Deva. by Dr. R.K. Kaw. Sharda Peatha. Res. Cent. Srinagar. 1975/76.

اہم۔ اَمہِ معنہٕ چھِ یِم پیٚمہٕ کتابہٕ ہِندۍ پرن وٲلۍ آسن۔ یِمَن لگہِ اَکھ موضوعس منز مُتعلق ژینہٕ وُنی تہٕ اَکھ سیٹھاہ دلچسپی تھوَن وٲلۍ کٲژ اَمِیُک مُطالعہٕ تہٕ صحیح تحقیقاتھ۔ اَمہِ سیٹھاہ پیٚیہ یہِ وُچھنہٕ زِ کٔشیر لۆکہٕ شیوکر پژا تابشا پٔکھ طریقہٕ کٔتھ کٔرِتھ تانی سپدَن اِنسانٕکۍ زِندگی منز مددگار ثابتھ۔

حال حالے چھِ کینٛژہ نفسیاتی ماہر جدید سائنسی طریقہٕ کٮ۪تھ انسان ہِندِ رۄحانیتُک مُطالعہٕ کرُن شۆروٗ کوٚرمُت۔ اَمِیُک مُدعا چھُ یہِ زِ اِنسان کیٚچھ پٲٹھۍ چھُ لۆکٕ سادٕ سیٹھاہ غٲر معموٗلی طاقتھ تہٕ گیان بیتر حاصل کران۔ اَمہِ سیٹھاہ نفسیاتٕکۍ اَکھ نۆو شاخ وٕجوٗدس منز یِتھ پیرا سیکالجی (Para-psychology) چھِ وَنان۔ یہِ چھُ اَکھ سائنس۔ نفسیاتُک یہِ شعبہٕ چھ انسان ہِندِس غٲر معموٗلی فطرتس بدکدان۔ یہِ نفسیاتی سائنس چھُ وُنی کینٛہہ اَکِس نۆوس سائنسی تحقیقاتس کُن لۆگمُت۔ اَمہِ قسمٕکۍ تحقیقاتھ کرنہٕ خٲطرٕ آو اَکھ اِدارٕ گٔژھنہٕ اِنگلستانس منز 1882ہس منز قایم کرنہٕ۔ اَمہِ سائنسن کٔر اِنسانہٕ ہِندِ اندرِم تہِ پردٕ نشنٕکھ تہٕ یہِ سپُد ہیٚوت مقبول۔ کیمبرج تہٕ امریکہ ہٕچہِ ڈیوک یونیورسٹی منز آیہِ اَمیُک شعبہٕ قایم کرنہٕ۔ وُنی کینٛہہ چھِ ہندوستانس منز بنارسچہِ علاوٕ بیٚیِن بیٚیِن جاین تہِ یِم شعبہٕ قایم۔

اَسہِ ہیٚکو یہِ پٕزر پٲٹھۍ وَنِتھ زِ یۆگُک ابیاس (حبس نفس بیتر) آیہِ تعلیمی اِدارن منز اَکھ نۆو اِنقلاب۔ اگر اَمِیُک کورس تعلیمی ادارن خاص کٔرِتھ ٹریننگ کالجن منز چالو کرنہٕ ییہِ۔ اَمہِ سیٹھاہ وُزن اِنسانہٕ ہِندۍ رۄحانی طاقتھ تہٕ شُہ ژ پیدا سپدی (غٲر معموٗلی طاقتھ) یِمَن منز Telepathy چھُ اَکھ پٕزرٕ پٲٹھۍ ہیٚکہِ یۆگ گیانہٕ کِس خاص دٲیرس تہٕ سائنسی مُشاہدس منز فایدٕ مند ثابتھ سپدِتھ۔

SR. 7. Sharda Peetha Research Series (I–XIII) SPR. centre Ed. Dr. R.K. Kaw.

Bh. 8. Bhaskari. III

KD. 9. Kasmīra Śaiva Darśana. by Dr. B.N. Pandit, Shastri.

SN. 10. Kshemaraja's Spandnirnaya. Ed. by Madhusudan Koul Shastri.

Mi. 11. Man's supreme Inheritance by Dr. R. K. Kaw. 1977.

12. The Early History & Culture of Kashmir by S.C. Ray.

13. ASPECTS OF KASHMIR ŚAIVISM. BY DR. B.N. PANDIT.

